# یَتھ آنٛگنَس مَنٛز

شارٕ سومبرن

مکھن لال کنٛوٗل

# یِتھ آنگنس منٛز

پننِس مُحِب مُکرّم تہٕ
لوکٕٹِس بأیِس ڈاکٹر چمن لال بٹس
بأے ڈاکٹر آر۔ایل۔بٹ صأبس
لولہٕ تحفہٕ ڈالی۔
مکھن لال کنول
۹ دسمبر ۲۰۱۶ء

شاعر سومبرن مکھن لال کنوٗل

| | |
|---|---|
| کتابہِ ہُند ناو | یتھ آنگنس منز |
| مُصنِف | مکھن لال کنولؔ |
| زاجاے | سنگرام پورہ سوپور کشمیر |
| وَری | ۲۰۱۰ |
| تعداد | ۵۰۰ |
| مول | ساڑتڑے ہتھ (Rs 350.00) |
| کمپیوٹر کمپوزِنگ | مُلسو کمپیوٹر پرنٹرز کواٹر نمبر۔۲۱<br>بُلاک۔بی پُرکھو کیمپ، فیز۔۴ دُمانا جوم<br>9419615261, 9596846574 |
| پریس | جے۔کے۔آفسیٹ پرنٹرز جامع مسجِد دہلی۔۶ |
| کِتاب میلنگ پتا | ۱۔کُتاب گھر کنال روڑ جوم<br>۲۔کِتاب گھر مولانا آزاد روڑ سرینگر<br>۳۔پم پوش پبلکیشنز مائیگرنٹ کمپ پُرکھو جموں 181206 |

# اِنتساب



تِمن کأشرٕن ہٕندِ ناوٕ

یِمو پرٛتھ دورس مَنٛزٕ غم تہٕ سِتَم ژٲلی

مگر زُوٕنٛچ آش

تہٕ

زِندٕ روزٕنٛچ ووتھ ژھاٹھ ترٲونہٕ

کنوٗل

# فہرِس

# ووٚنِد باوِتھ

''یِتھ آنگنس منز'' شارِ سومبرٕن چھےٚ تُہنٛدِس خدمتس منز حاظِر۔ یہِ کتاب توٚہہِ تام واتناوُنس منز لوٚگ میےٚ ہنا زیادٕے پھٕن ژٕرِ۔ اَمیُک وجہ چھُ تم ناسہٕ تژاسہٕ حالات یِموٚ سائنس پتھ کالس لتھ دِتھ اَز کالس تتھٕ پاٹھۍ خبر ہیٚژ زِ سوٗرُے ووٚجود سپُد پنٕہ پنٕہ۔ وأنٛسِ ہُنٛد یوٚ ژھٕمُت، کوٚنچھمُت تہٕ روٗچھمُت زوٗن پاےلوٚگ داوس۔ کیٚہہ تام بچاے نبتھٕ نٔی پان۔

گرٕ تہٕ گرٕچ گرٕ وٚٹھ رأو سأرٕے تہٕ میےٚ گو ہنا زیادٕے دٕدارٕ۔ وأنٛسہ ہنٛز تخلیقی اَرزتھ گیم اَتھٕ یِیمژٕ وٚک نیب نِشانےٚ گُنہٕ لوٚب نہٕ۔ اَژہن رچھیم پادتہٕ اَژہن گنجیم گلو۔ مگر کأنٛسہ تہِ گٔرنہٕ رَفاقت۔ تم نظمہٕ تہٕ غزلہٕ، اَفسانہٕ تہٕ ابسے، لیلایہ تہٕ بھجن، نعت تہٕ مرثیہ، رُبایہٕ تہٕ وَژن،

ناولہٕ تہٕ ڈرٲیرِ یہ کرٕنیہِ تہِ زانہِ دَے۔ یہ یِیلہِ تہِ اَتھ سنان چھس میٚے چھُ
وُتارِ یوان تہٕ پانہٕ مأرِس چھس واتان۔ مگر ژھڈ کرنہٕ ورآے نہٕ کانٛہہ تہِ
چارٕ۔

چھیکرٕس پہو میٚے خیال زِ یہ دِمہٕ کلچرل اکادمی ہنزن
کِتابن۔ مختلِف رِسالَن تہٕ جریدَن، ادبی جماژن ہنزَن کِتابی سلسلَن،
کأشرِ ہن اخبارَن تہٕ کأشرِ ہن شیرازَن وؤن تہٕ توتہِ روزِ ہم یہ رِکارڈ تہٕ بیٚیہ
وأنجہٕ دأدِس رُہنہٕ ژیوٹ۔ کینژَن دوستَن یِمو کِتابہٕ ستی آسہٕ اَنہٕ مَژِ تہٕ بیٚیہ
کِتاب گھرس دِژ میٚے دوٗنی تہٕ اتہِ دراو میٚے واراہ پٔتُن چھپیو مُت کلامہٕ تِکیا زِ
۱۹۸۰ تام یِم سو مبرہٕ اکاڈمی تحت چھاپ سپز تِمَن منز چھُ میٚون
واراہ کینژہ چھپیوٚ مُت۔ اَمِہ علاوٕ کوٚر میٚے کشیرِ پیٹھ کینژِ ودوستو سُہ کلامہٕ
روانہٕ یُس میٚے تِمَن منزِ منزی دِتمُت اوس۔ یتھ پأٹھی سپُد میٚے ''یتھ
اَنگنس منز'' کِتابہِ بابت مواد حأصِل۔ یتھ کِتابہِ منز کوٚر میٚے ۱۹۷۹
پیٹھٕ ۱۹۸۹ تام لیوکھمُت کم کاسہٕ پٔتُن شارٕ سرمایہٕ درج۔ اَمِہ علاوٕ تِم کینژہ
نظمہٕ تہٕ غزل یِم میٚے یِتہِ لیکھی

سماجس یا مُلکس منز بدلونہٕ حالاتو سِتی کوٗتاہ چھُ اَکھ حساس لِکھارٕ مُتاثر گژھان تہٕ چھُ یِموکینژٕ وتخلیقو سِتی پورٕ پاٹھی نِنان یِم یتھ منز تھاوِ۔ اَکھ حساس لِکھارٕ کرِ تن کژاہ تہٕ کوشش پان لوب تھاوِنچ چھُنہٕ سپدان کامیاب۔ زہنس یِم دوکرٕ دب پیوان چھِس تم چھِ پننی کامہٕ کران روزان۔ پتہٕ چھُ اَدِ وونہٕ ژھٹنہٕ وِزِ ٹاکارٕ پاٹھی نوٗن نیران۔ راوَن تیوٗل چھُ اِنسانی سوچہِ فِکرس تاوَن ژھنان۔ یہ چھِس سوٗدگ بخشان یُس کُنہِ تہِ حالَس منز ہمان چھُنہٕ بلکہِ چھےٚ وقت گُزرنس سِتی سِتی لیکھ تہٕ آکھ دِوان۔ توہی کرِ زِ بو ووٚنی پانےٚ انداز زِمےٚ کیاہ آسہِ اَندری اَندری سینہٕ رگِژھت گدران تہِ کیاز سوٗرے اَتھو منزٕ گژھنہٕ کنی گوس بہٕ وتھہٕ بلُک نبتھٕ نوٗن بنتھ۔ بہر حال مےٚ کرِ یہ اَکھ کِتاب تیار۔ اَتھ ترتیب دِنہٕ پتہٕ کوٗر مےٚ راہی صابس اِستدعا اَتھ سرنامہ لِکھنہٕ باپت۔ تِموٚ دیت دریا دِلی ہُند ثبوت، تِمو روٚ چھ میون دِل تہٕ لیوکھُک اَتھ سرنامہ۔ اَمہِ سِتی لبِ مےٚ نوٚ ہمت تہٕ حوصلہٕ یِمہِ باپت بہٕ تِہُند وَژھہِ وانٛجہِ شُکریہ چھُس ادا کران۔ چونکہِ راہی صابن کوٚر زیادٕ پہَن غزلَن ہُند تذکرہ تِمہِ کنی کرِ مےٚ

ڈاکٹر رتن تلاشی صابس گذارش زِ تم تہِ کرن پننہِ قیمتی رایہ ہُند اِظہار چنانچہِ تمو ہیژ اتھ سام یُس کتابہِ منز شامِل چھِ۔ بہٕ اگر تمن شُکریہ ادا کرٕ نہٕ تیلہِ یمہٕ بہٕ احسان فراموش ماننہٕ یُس نہٕ بہٕ ہرگز تہِ چھُس۔

یتھ کتابہِ متعلق چھےٚ مےٚ بیٚہ اکھ کتھ وَنٕنۍ زِ مےٚ یہِ کینژھا زِندگی ہندِس ناوس پٹھ اَز تام پروو چاہے سہٕ رُت چھُ یا خراب، میوٹھ چھُ یا ٹیٹھ تی چھُس نہایت ادبہٕ سان تہندِس خدمتس منز پیش کران۔ ویسے پیوم اکثر زہرٕ پیالَن دام دیُن مگر اُف تہِ بنیوم نہٕ کرُن

آخرس پٹھ چھُس بہٕ رتن لال تشنہ سُند شُکر گزار یمۍ مےٚ یتھ کتابہِ ژُکہِ سان کمپیوٹر کمپوزِنگ کر۔

پُرکھو کیمپ جوٚم
مکھن لال کنول سوپوری

# اَکھ اَشانٛتھ پنہٕ پوٚشُر

## کنوَل سوپوری

قیامَتھ ! اکہٕ پَلہٕ کہہٕ ؤری سَپدی اَسہِ کأشرٚن کَتی ننہِ
وانہٕ تہٕ رنگہٕ رنگہٕ قیامَتھ ثأبِتھ۔ بُنٛیُل آو، مندورٚن کیٛو کھوپرٚن ژاو زلہٕ
زلہٕ، شورِ مسمار وۄتھ۔ ہے بنٛگہٕ گُمتٚن تہٕ تھانٛتھر یمتٚن اَکٕثر بسکیٖن درٚن
توٚگ نہٕ کیٛنژِس کالَس بوزنٕے مامِلہٕ کیاہ چھُ پَتہٕ اَدٕ تَتھ گٹا شُٹِس منٛزٕ یَس یہِ
پُیُل تُمۍ تہِ کوٚر۔ خابہٕ ہٕتۍ مورٕدٕ کھٕتۍ قبرٕ پرأٹِتھ، نو کھَل سوالو ہیٚتۍ گولأبٕ
جواب منٛگنۍ۔ کیٛسہِ ڈارٕن لٕج دۄنۍ، صدأے آنگنو ژھورسورمہٕ، مگر

واو بُتھی پھُٹۍ اَشانٛتھ پَنہٕ پوٚشُر
شَش جہاتَس گنٛبرٕ دسان ہوۍ أسۍ

مکھن لال کنولؔ چھُ تمو کینژَو واشانتھ پنہٕ پونپر ہو منزٕ اکھ یَس وُنہِ تہٕ پنہٕ نِس پانَس کیٚو ماحولس کیٚو تو آرٕ تخس گنہٕ وَسنس دوران لطف یِوان چھُ۔ یتھ آنگنس منز وولسان تہٕ ووش ترٕاوان ساسہٕ بٔدی وٕری گُزٕارِن سہٕ چھس وُنہِ تہِ تتھ پاٹھی دِلس دِماغس منز بستھ زِسونچان چھُ

خبر ہتھ آنگنس منز کیا چھُ ڈیشُن
سپز یتھ آنگنس منز یار ماری

سپدِ نا تیتھ کینژَھا زِ موسم کھیٚیہِ میزان، سانہِ آنگنہٕ سمن نوٕ سرٕ سارٕی، وَچھن وٕزِ ستی نر، اُچھن کھسہِ موکھتہٕ بٕراے، اتھن پرٕزلن پرٕانی زٕانگرٕ تہٕ کتھن ووپدِ نوٕ کوترٕ بولی! تہٕ کنولؔ صاٗبن شاعرانہٕ ووٗجوٗ دِتُلہِ شوقہٕ لے۔

صُبح نشاط نٔینڈ رِووٗتھ چشمہٕ ملان ووٗنُن ڈلس
سالہٕ متس گرِو کٔنن، سانہِ سمنِ، بہارآو

تہٕ یمہٕ دوسہٕ تہٕ دیوار، وِرِ تہٕ دِودار گرٕن ہکٹھ۔

لٹہٕ اکہ ییہٕ نا چھُم ہاوس تَے — منہٕ منز یُی سُند چھُم یژھ باو
گُچھ کُٹھ اَچھِ پوش وَتھراوس تَے — یُس کرِ گونگل سُے کرِ کڑاو
سنہٕ چھُم ونہٕ کیا ویہہ کھاوس تَے — لٔنجہِ لٔنجہ پھیران بوچھ ہوٗت کاو
کمہٕ نیلہٕ ناگے تَن ناوس تَے — یُس کرِ گونگل سُے کرِ کڑاو

اکہِ حساس دِلچ دُبرائے، اکہِ اَیڈیل پسند رومانی روٗحچ آواز، أکس راست اِظہار فنکارٕ سنز وَگ چاَرتھ باوتھ۔۔۔۔۔۔۔ یعنے مکھن لال کنوٗلنٕی شاعری۔ یِتھٕ مِہِنٕ ترٕہن ژتجہن وٕری یَن دوران یِم مختلف رنگ کائنٹر شاعریہِ چھاَوِ تمن ہندی کینہہ ماَری مُندی پرتو چھِ کنوٗل صابنہِن غزلن منزٕ درٔینٹھی یوان تہٕ تہنٛزن نظمن منز تہٕ۔ یہٕ چھُس مٔنزی مٔنزی رٲوُدِ گژھتھ راوان زِ ہرگاہ نہٕ چھکہٕ چھکہٕ ژلیٕ مِتی پوشہٕ نول تہٕ کٔتی جہِ سون زانہہ سأکس تہٕ یِن اَسہٕ ماژھمنہِن سازن تارٕ تہٕ ہٹہِن رَگہٕ

سہٕ ظوٗن زِ روٗٹہٕ گژھان کٔلی تہری وُچھتھ چھُ ہوا
ہوکھاں زُوہن چھِ سمندر، گوبان کوہن چھُ صدا

یاوَن وُشنیر ،لولہٕ وولُسن ،ساکہٕ مَژر ،سمیہ واولی ،لاٗنی آوٕلنی ،وُبالی ناوٕ ،دٕہی دَم ،رَتہٕ چھٕنٛج ،چھوکہٕ وَژھر ،آے تہٕ واے ،ہمسؤس تہٕ خاب ،کنوؔل صاٲبَن چھُ سورُے سوگاتھ مولونہٕ باپتھ اَسہِ آیتَن تھوومُت ۔

سہٕ مێوٕن دِلبرا گرژےٚ سَمکھےٚ مےٚ لوودِل گووُ جارٕ ،وٕنی زبس
خبر تِمس ما گوٚبہٕ دِلچ کَتھ بہانہٕ کٔری کٔری دُبارٕ ،وٕنی زبس



ترٛیشہِ ہوٚت چھُس یوٚگن ہُنٛد وُچھی وُٹھ پھێشاں
مَس چھٕور چھکھ بٔرتھ لولہٕ جام وولے
چوٚن روے وُچھ گولاَبَن تہٕ ووشلُن کھوٚتُس
مێانٕی پاٹھی ژٕٹن جامہٕ تام وولے



نالہٕ مَتۍ کڈٕ تالہ کَنۍ ژھٹھ دوٕشونی
سِر یوٚ ہےٚ پرٕتھ کانٛسہِ پێٹھ پوٚوتھ ژےٚ راتھ

ٹینڈی مے پھرناوتھ رمن گوٚنڈنم جلاو
کایہِ منز ستھ سری یہِ دِل تووتھ ژے راتھ



زہر چتھ اگر زن سحر شولہِ منہِ منز
چھو رہتھ پالو چھےٚ ونہِ راتھ باقے



پتہٕ نیر نبر تن مشکاوِتھ
گوڑ شیر قبر یتھ شہرس منز



گوڑ کرنے بیعت پتہٕ سر منگہٕ نے
متہٕ ونتہٕ پزر یتھ شہرس منز
پی اوس گوٚنہہ تس بے گونہس
تمی ٹلنہٕ خنجر یتھ شہرس منز



گرِٕھتھ بے خانہٕ وَن با کوٚت گژھُن چھے
مُسأفِر پانہٕ وَن با کوٚت گژھُن چھے



پاٹھلی پکہٕ موٚنڈی ژھیٚنی یارَن
پَتہٕ ہیٚرِ رتہٕ چھَپ بالِہ وتو



شاپہٕ لَد وِز تہٕ پوٚت پہَر خاموش
نَب چھُ دَم پھُٹرٕ چھوکل سحَر خاموش
تان کپٹِتھ نِیس کفَن ژوٚرَو
اٗس وٗہرِتھ چھےٚ ہُنز قبَر خاموش
تھامہِ گوُمُت کنوٗل مُسأفِر ہیوٚ
کُن تہٕ کیٛول چھُ دَر سَفَر خاموش



چھِ ٹارین پیٹھ رٔہتھ أشہِ قطرِ موصوٗمَن
وَتن لٲرِتھ لتَن ہُنٛد ماز بٔستی منز



پانہٕ روٗزِتھ ژٕ ژھایہِ پانَس منز
چھےٚ ژےٚ کرٛاہ دِشایہِ پانَس منز
وُچھ وَنیوٚمےٚ سَنگھ تہٕ راوی دِل
وُچھ پھٹان چھےٚ ژےٚ لایہِ پانَس منز
پَر سأے پانَس دِشامہٕ یٔنٛدرأکھی
چھُکھ رٔچھِتھ ہَتھ بلایہِ پانَس منز
چھُم چھوکُل وَچھ کنوٗل کوٚرِ کھیتر
جنگ چھُ جأری مےٚ بایہِ پانَس منز

غزلو منز ژارنہٕ آمژ یمہٕ پیرٔ مِثالہٕ چھےٚ ناطق گواہ زِ کنوٗل صأب
چھُ موٗجوٗدٕ دورُک اَکھ لایق توجُہہ تہٕ قأبلِ قدٕر شأعِر۔ نظمو منز مِثالہٕ دِوان

دِوان یِمو طوالۍ منز بیٚنہٕ ؤں گوٚیہِ کتھ پیٚیہ لاَزمی مَن وَنۍ زِ زیرِ نظر سوٚمبرنہِ منز چھےٚ 'زان' 'دِپان' ''منشور' 'سوچ' 'شرٚ' ''شاپھ'' موچھِ پھوٚل'' ہِشہِ طاقتھ ورموٚ خصر نظمہِ ''دیُس کرِ گونگُل سُے کرِ کراو'' ہیٚوٚ داد طلب وَژُن تہٕ یتھی ہیٚوی باوَتھ کارژُمصر اَے:۔

شامہٕ ژھایَن گِندان چھُ زُلفن واو
پوشہِ پٔترَن ووشُل رُمو کِنۍ دزاو
وِز چھےٚ پاژدی اَنداِمہٕ کل کڈنَم
ووندٕ پژا اَٹتھ سہٕ موٚت اَچھن تل آو۔

☆

دِوار کامَن بُساو لُہراَوِتھ
تھاو ہَن ہَن پٔنۍ ژٕ مَس چاوِتھ
کوٚرہٕ کھیٚتر مہٕ بَن چھُ جنگ لاَزِم
بَن ژٕ رَتھ بان گیاَنہٕ وَگ پژا اَوِتھ

رحمٰن راہی

۲۴۔ ڈسمبر ۱۹۹۸

# کنوٓل ۔۔۔۔۔۔۔۔ اَکھ فِطری شاعر

یہِ کَتھ چھےٚ باعِث مسرَت زِ پٔنٕن آنگُن راونہٕ تہٕ پرٛ آنگنَن ہنٛدٕ بَن سِتمَن تہٕ دولابَن لگنہِ باوجۆد چھُ مکھن لال کنوٓل پننہٕ نبن تخلیقی تجرُبَن ہنٛزٕ ارزتھ ''یَتھ آنگنس منز'' سۆمبرِتھ از اَسہِ برونٛہہ کُن آمُت۔نیٚبرٕ نیٚبرٕ وُچھنہٕ کنہِ یۆدوَے یہِ آنگُن ژھوٚٹ تہٕ محدۆد باسان چھُ اما پۆز اَمِچہِ وُسعت تہٕ کُشادِگی ہُنٛد اندازٕ چھُ اندٕر اَژتھے سپدان۔یَتھ آنگنَس منز کیاہ کیاہ چھُنہٕ!لولہٕ جذبَن تہٕ لاوبَن ہاوَسن ہُنٛد شِہُل تہٕ شیٖہجار،پَتھ کالہِ کِبن یادِ وۆترٕبن ہٕنٛدی ژھایہٕ ئلی،

ہم عصر زِندگی ہنٛدِ کرٛ تکھرُک ڈبکہ تاپھ تہٕ اِنسانہٕ سٕنز اَزلہٕ بے بُسی تہٕ بے چارٕگی ہُنٛد ہرہانگل، یہٕ سورُے چھُ اَہنٛدِس تخلیقی تجرُبن ہنٛدِس یَتھ آنگنَس منز جلوٕگر۔

یَتھ آنگنَس منز ہیکَو اَسی کنوَل سٕنزِ تخلیقی ووسہِ دڑ وسہ ہُنٛد یِژ کول کیو سأدروار چُرِ گِنٛش بوٗ زِتھ۔ یتھ منز چھُ اَوٕ ہُنٛد نوٚو کیو پڑ ون کلامہٕ شأمِل۔ اَما پوٚز پڑ ون کلامہٕ چھرأیمہِ سَبہٕ وٕسی پایہٕ مانَن زِیہ چھُ پڑ ون تہٕ نوٚو کلامہٕ یِمہِ سبہٕ جان مانَن زِیہٕ چھُ نوٚو چھُنہٕ مناسِب۔ چھوٚت کرٛ ہُن ہیکہِ دہٕشونی منز اَستھ یُس سنجیدٕ مُطالہٕ پَتے زانہٕ گرٛ ھِ یُن اَہنٛز بڑ وٕنہِم شأعری چھیہ یِژ پاٹھی رُومأنی تہٕ رِوایتی لہجس منز لولہٕ جذبن ہُنٛد اِظہار۔ محبوب سٕنزِ جُدأیی موٗجب ووتلیمٕ دوٗری تہٕ نارسأیی ہُنٛد احساس تہٕ ہجر وَصلہٕ کیٛن ہاوس ناکھ تہٕ ہنگامہٕ خیز ژہن ہنٛدِ دوکھک تہٕ سوکھُک اِظہار چھُ اَتھ شأعری منز ٹاکارٕ تہٕ یہٕ سورُے چھُ شأعرَن دأخلی سطحس پیٹھ محسوٗس کوٚرمُت۔ اَہنٛدِس یتھس کلامَس منز چھُ لفظہٕ آہنگ، جذبأتیتھ تہٕ بے ساختگی تہٕ موجوٗد۔

یتھ آنگنس منز پھیرتھ تھوٚوتھ چھُ عیاں سپدان زِشاعرِ سُنز بروٚنہمہِ شاعری تہٕ نوِ شاعری درمیاں چھےٚ اَکھ ٹاکارٕ فرق تہٕ یہے فرق چھےٚ اُہنٛدِ اَکھ پوٚختہٕ کار فنکار آسنٕچ شہد تھ تہٕ۔ یہِ چھےٚ شاعرِ سُنز کامیأبی زِ سہُ چھُ عصری زِندگی ہٕنٛدی تقاضہٕ پانناوِتھ تہٕ منٛز سودرس منٛز ڈٕنگ دِتھ پننہِ فنٕچ تکمیل کرِتھ ہیوٚکمُت تہٕ سہُ تہٕ کُنہِ نظریأتی ڈکھٕ لورِتہٕ سیأسی عأنکہٕ رؤس۔ رِوایتک احترام کری تھے چھُ کنوَل نوٚوی خیال تمہِ سادگی سان باوان زِ قأری چھُ ییمہِ کتھِ ہُنٛد قأیِل سپدان زِ تَس نِش چھُ تہٕ سورُے کینٛہہ یہِ کینٛژھا أکس فِطری شاعرَس نِش آسُن گژھِ۔ ''یتھ آنگنس منز'' چھُ کنوَل أکس حِساس گوہر فروش تہٕ دقیقہٕ رس تخلیق کار سُنٛدس رنٛگس منٛز اِستادٕ۔ یِزی پأٹھی ہیکن یژھ ہِشہِ شارِ باوٕژِتھی سہے شاعرِ سُنٛدِ قلمہٕ نیرِتھ

یوٚژھ نہٕ تےٚ وَٹھ کوٚر روٚچھس ننگاوزٕو

یوٚژھ تہٕ اُچھوِ ےستی اَسہِ دَربار کوٚر

گُل ژٕ چھکھ کُنہِ ہش سنے یگھ کیاہ ونے
پان ییلہِ لرلوٚ رمےٚ نِش سوٗ تھ ژےٚ راتھ



وُپھَل وال نظرَن پھُٹان پَر کھُٹھس منز
ووں والو یہِ تالو چھےٚ وُنہ راتھِ باۓ



خوٚنہِ مُجلوٚنہِ لالہِ دَز میےٚ ستی
مےٚ تہِ سأ گوٚ نڈنَم جلاو،اللہ ہوٚ



ہو تَلا وُنی تَو سونازَل آیہ ما
ہو تَلا مےٚ تہِ چاکھ جامَن دأوی تو

کنوٗل سُندِ یہِ تخلیقی آنگُن چھُ أہنز زِندگی ہِندِ یتھ کالُک کھوٚ اَز کالُک آنگُن ۔یتھ منز أسی أہندی تخلیقی وَتہٕ پُدی تہِ أنکوِتھ ہکَو مِثلَن

یُس کنوٗل اکہِ ساتہٕ خیاًلی تہٕ مِثاًلی معشوق سٕنٛزَن ژھاینَن تہٕ گراینَن گتھ
دِنَس تہٕ حُسنہٕ عشقہٕ کِنہٕ مَد ماٲتی جذبَن ہٕنٛدِس خُمارَس پان آلوٗنَس درپے
باسان چھُ سُے یِیلہِ خاًرجی حقیقژٕ سٟتی مُتصاًدِم سَپدِتھ اَبدی تاًریکِین ہٕنٛزَن
گَنبن تہٕ کھمبرَن سٟتی چھاونہٕ یِوان چھُ أہٕنٛدِس جذبَس منٛز چھُ ہَنا
اعتدال یِوان۔ أہٕنٛدَن نوَن غزلَن منٛز چھُ داًخلی تہٕ خاًرجی زِنٛدگی
ہٕنٛدِس اَتھ ٹکراوَس سٟتی سٟتی گرٕراونُک دوکھتہٕ أمہِ سٟتی ووٕتلیمتی جذباتھ، یاد
وٗ ترٕٹک کَرب، زِنٛدگی ہٕنٛز دَم پھُٹٕ کرٕونی یکسوٗیی تبدیلی ہٕنٛز مَنہِ کاًمن تہٕ
ذاًتی حاًدثاتَن ہُنٛد اِظہار۔ أمِس چھُ احساس زِ موٗجوٗدٕ تہذیبَس تہٕ
معاشرَس منٛز چھُ فرٕد فَقط اَکھ پرٕزٕ موٗژیوٗمُت۔ کنوٗل چھُ پرٕتھ بُتھِس
پٮ۪ٹھ اَکھ خَراش وُچھان تہٕ پرٕتھ موکھَس پٮ۪ٹھ اَکھ ماسک یُمہِ سَبہٕ اِنسانہٕ سُنٛد
اصل موکھ پرٕزناوُن محال بنٛیوٗمُت چھُ۔



بُتھِس پٮ۪ٹھ بُتھۍ مٲرِتھ ساًری چھِ بدٕلیمتۍ
کُمِس پٮ۪ٹھ گَس چھُ اَزکَل ناز بٕستی منٛز

پانہٕ رۄٚ زِتھ ژِ ژھایہٕ پاَنس منز
چھے ژےٚ کاٚژادِشایہٕ پاَنس منز

کنوَل چھُ انسانی وۄجوٗدس مُتلِق تشویش مَند۔ اُمس چھُ ایٚکساس زِ یتھ ترقی یافتہٕ دورس منز چھُ تہذیبی۔ اِنتشارن اِنسانی سماجس خودغرضی تہٕ مفاد پرستی ہُنز راجت بخشمت یِمہِ کنۍ اِنسانہٕ سُنز قدرٕ قیمتھ زاٚلی ہاٚرِ سپد مُت چھُ تہٕ مُختلِف حِصن منز بٲگرنہٕ یِنہٕ سبہٕ چھے اِنسانہٕ سٕنز شِناخت تہِ نِہنا ونہٕ آمژ۔ موجوٗدِ سماجہِ چَن یژھن اِنسان دُشمن رٔوِشَن ہُنز اِظہار چھُ یتھ آنگنس منز جایہِ جایہٕ جلوٕ گر۔



پتہٕ نیر نبر تن مُشکاوِتھ
گوڈٕ شیر قبر یتھ شہرس منز



نفرت خودغرضی تےٚ جنگ
اَسہِ رٔکھ اٲنۍ لی ڈاٲلی وَتو

موجوٗدٕ زِندگی ہٕنٛزَن نا ہموٲری یَن ءستی مُتصاٲدِم سپدنہٕ کِنی مویوٗس شاعرس چھُ یادٕ وۄترُے چھَپن جاے یٖیتہٕ سہٕ بڑنٛزِس کھنٛڈَس پٮ۪ٹھ شیہلاوِتھ ہیکہِ ہے مگر یادٕ گُٹھی چہِ لَبہٕ تہِ یٖیلہِ دیوارِ قہقہہٕ بٕنتھ گرٛزَن تیٖلہِ چھُ بقولہِ غاٲلب۔

یادِ ماضی عذاب ہے یارب     چھین لے مُجھ سے حافِظَ میرا

کنوٗلَس تہِ چھُ یُتھ صوٗرت حال باگہِ آمُت توٗے چھُ ونان۔

یادٕ وۄترٕ کرِ میٚہ نیٚزٕ پیٚتی کوٗران

ہے یہ اِنسان کھاو، اللّٰہ ہوٗ

تہٕ یِتھِس صوٗرت حالَس منٛز چھُ محبوٗبہٕ سُنٛد مُیل تہِ چھوگن نوٗن۔



ٹیٚنڈی مےٚ پھِر ناوِتھ رُمَن گوٚ نڈَنم جلاو

کایہِ منٛز سَتھ ہِری یہِ دِل تووُتھ ژٚے راتھ

کنوٗل نہ چھُ لفظہِ ساٲزی تہٕ نہ ترکیب ساٲزی پٮ۪تھ موٗت۔ تہِ گرِتھ تہِ چھٮ۪یہ نہٕ اُمس نِش جدید فِکر ورتاوس منٛز زباٲنی

ہٕنٛدٕ بن فنؠ اۄ صوٗلَن ہٕنٛز نظَر اندٲزی۔غزلَن منٛز چھُ یہِ اکثر ہیٔتی تبدیٖلی بَدلہٕ موضوٗعی سوٗتھرِس پیٹھ تبدیٖلی اَنتھ اَتھ جدید لَب لہجس ستی ہم آہنگ گران۔ترکیب سازی بجایہِ چھُ أمِس نِش مُنفرِد لفظَن ہُنٛدُ ے وَرتاو زیادٕ پہَن۔وۄں گوربٕ اَیتی آہنگَن ہٕنٛدِ نۄ ینہٕ وَرتاوٕ علاوٕ چھُ کُنہِ کُنہِ بدَس لفظِس نۄی نۄی معنوی مُنسلِکات دِتھ نۄی شعرٕ آہَنگ تہِ ووتلاوان تہٕ توشرُ چہِ برپوٗر باوٗژ باپتھ چھُ دیوٗمالا ہُک دامنہٕ تہِ رَٹان۔ترکیبی جمگٹ نہٕ آسنہٕ سَببہٕ چھُنہٕ أہنٛدِس کلامَس منٛز اِبلاغِ ترسیلکی رٕڈ۔کُنہِ کُنہِ چھُ أمِس منٛز خطأبتی انداز تہِ آمُت اَماپۄز یِیپ خطابَت چھَنہٕ رِوٲیتی اَنداز چ تِکیا زِ أمیُک توٗلُق چھُ شأعر سٕنٛدِس پنہٕ نِس ذاتَس ستی۔دَراصل چھُ یہِ تمہِ تنہأیی ہٕنٛدِ خوفکہِ اَثرٕ یُس پرٛتھ ساتہٕ تَس بُتھِ اَس وٕہرِتھ آسان چھُہ۔

کنوٗلؔ چھُ کأشرِ زبأنؠ ہٕنٛدٕ بن تِمَن کینژَن ہمکال شأعرِن منٛز یِمو موٗخصَر نظمہٕ کامیأبی سان پٔنُن باوٗژ وسیلہٕ بنأو۔یہِ چھُ یِیمہِ کتھِ نِش باخبَر زِ نظمہِ ہٕنٛد پیکر چ خصوٗصیتھ چھیہ اَمِچ اِکأیی تہٕ یہِ چھےٚ فرٕدٕ سٕنٛدِ ذاتُک آنہٕ

یَتھ منٛز عام زِندگی کھوتہٕ شاعرٕ ہٕند اٯ ندرٕ ٹُک مُرٕھیٚل نغمہٕ آسانچھُ۔ ذاتی تجرُبن تہٕ ایٚحساسن ہٕنٛز اہٕنٛز یہِ تجزیاتی عمل چھےٚ نظمَن منٛز پیکرَن ہٕنٛز شَکل پرٛاوان۔ اَہٕند بن پیکرَن منٛز چھُ ربط تہٕ تہٕ تسلسُل تہِ۔ یمو ٚ ہسی چھُ یہِ پٔنٕنۍ ذٔہنی کیفیتھ واقعیت تہٕ فنکاری سان پیش کرِتھ نظمہِ ہُند توٗر تیتھ پأٹھۍ رَسہٕ رَسہٕ ووتلاوان یُتھ یہِ جاذِبِ نظر بنان چھُ۔ وول گویٚتہٕ ییٚتہٕ یہِ موضوعس پَتھ موٚت گرٕھتھ پیکر نِگأری نِشہِ لوٚب رٕ دُمت چھُ تَتہٕ تَتہٕ چھُ نظمہِ ہُند اَنٛدرِ ری آہنگ مُتأثر سَپدِتھ نظمہِ منٛز نثری آہنگ غالِب سَپدمُت۔ بہر حال نوبن موضوعَن ہٕندِس ورتاوس منٛز چھیٚہ یِژھ لغزِشہ ِباضے سَپدان۔

یَتھ آنگنس منٛز چھُ سوز سورٕ دکہِ سامانہٕ رٔنگی رُباعیہِ تہٕ موجوٗ دیمَن منٛز کنوٗلَن لول، فطرتھ تہٕ دیٚس بروٗنہہ کنہِ پنہٕ نبن پَر گییَن تہٕ دوکھَن ہُند بوس ژھانژھنومُت چھُ۔ یم رُباعی چھیٚہ نہٕ محض اَہٕندِ قلم آزمأیی تہٕ ہونرمندی ہُند مُظاہِر بلکہِ چھےٚ یم تجربکہِ باوٕژ تقاضَن ہُند نٔتیجہِ باسان۔ یم رُباعی چھیٚہ ورگہِ پأٹھۍ یہِ پزٕرتہِ بروٗنہہ کُن انان زِ

پننس تجربس مُناسب تہٕ موافق یتھ بخشنس منز کتھ حدس تام چھُ کنولؔ حبسہٕ ہُشیار۔

کنولنہٕ شاعری اَنزی منزی گرؠھنہٕ باپتھ چھُ اَہنز شاعری منز حرارت کین مُظاہرن کُن توجہ دِیُن ضورؤری۔ حرارت چھیہٕ اَمس نش اکھ وسیع ترٕ کیفیتھ ییمکی ترٕزٕر، تٕزٕر، گاش، اَلاو بیترِ مُختلف وِہ چھِ۔ ’’یتھ آنگنس منز‘‘ چھیہٕ نار، بِری، اَلاو، تبنگل، زٕژ، وٗزملہٕ تہٕ جم جم بیترِ لفظن ہنز تارکھ مال۔ حرارت چھیہٕ اَمس نِشہٕ زادِ راہ تہٕ تہٕ منزلِ مقصوٗد تہٕ۔ اَہنِدس تخلیقی آنگنس منز چھِ اَمکی زٕ پہلوٗ۔ اَکھ چھُ نارٕ کس صوٗرتس منز ییمیک آگُرملہٕ تلہٕ اوٗ ہُند اوٗ ندروٗن چھُ یُس ہوا بٔنتھ اَہنزٕن رَگن رَگن منز دَوان دوران چھُ۔ باسان چھُ زِ اوٗ ہُند باطِن چھُ اَکھ نارٕ وبتھ یُس لفظو دٔسی نبر نیرِتھ تبنگلن ہنز صوٗرت پرٛاوان چھیہٕ۔ تہٕ ییلہِ یم تبنگل نظرٕ ودٔسی خارجی دُنیہس تام واتان چھِ یم چھِ اَلاو بنان، گرکہٕ زیرِ اثر ییلہِ ٹاربن پیٹھ نوٗ موٗ دار سپدان چھِ یم چھِ دزٕ وِنی اَش پھٹری بنان۔ اَہند سوٗنچہٕ کہِ اَگنہٕ کونڈ پیٹھ وتلتھ چھُ یہ اَلاو اَہنِدس اَندی پکھی کِس ماحولس پیٹھ تہٕ محیط تہٕ مُسلط سپدان۔

پڑتھ طرفہٕ وُہان نار، نارٕ بے نار، دۄ دُس ہو

پڑتھ سایہٕ بُسر، واوتبٕ بے عار، دۄ دُس ہو

وُچھ نارٕ سنگستان چھکان نار فقط نار

گتھ چھُکھ مےٚ وَنان بونہٕ شہُل ژھار، دۄ دُس ہو



زمانس نارٕ ببب آوارٕ رٕہیہ گئے

دَزاں پروانہٕ وَن با کوّت گرژھُن چھُے



پَدِ پَدِ شولو جہنمی نار

پَدِ پَدِ وَتہٕ گتھ زاُلی وتَو



ووہی طَیس پتھ چھُ نار لوّب رۄزِو

یُتھنہٕ زالوٕ بےٚ عار لوّب رۄزِو



پوشہِ پٹرَن تہنزگل چھِ لأرِتھ ووٚنی
باغوانس چھِ گلو پَتھر خاموش

☆

نارٕ وٕتھ پچھ ؤہاں وَتو دوہلی
دود ووں جَم جَم اَلاو، اللہ ہو

☆

أ گنہٕ کونڈسو چُک ؤہان
جم جم الاو
اَتھ وُنبس تامَتھ ہُمان گۍ
اَ پہ شبد، بے عزتی
زُولرز.....

کنولس نش چھُ محبوبہٕ سُنٛد وٕصل تہِ نارس ستۍ وٕصل۔ تہُنٛد لَمس تہٕ نظرَن ہُنٛد میل چھُ أمِس نش نارس ستۍ گنٛدُن

حرارتُک دوٕیم پہلو چھُ کیٚنژن پٕرزلونٛہِ مُظاہرَن ہنٛز صوٗرژ منٛز یہُنٛد شاعرَن پھِرۍ پھِرۍ وَرتاوکورمُت چھُ۔ گاشہِ کنِہ مُختلِف

صۆرژَن ہُند ذأتی توٗثراتھ تہٕ خأرجی تفہیمہٕ باپتھ یہٕ وَرتاوُک انداز وُچھِتھ چھُ باسان زِ شاعرس تہٕ خأرجی زندگی مابین رِشتہٕ چھُ فقط بصارتُک رِشتہٕ تہٕ سہٕ چھُ پرٛتھ کانٛہہ کتھ أتھی گاشِلی زبأنی منٛز کران۔ أہنٛزِ شاعری منٛز چھُ گاشُک تہٕ گٹہٕ ہُند تصوٗدُم ٹاکارٕ۔ گاش تہٕ اَمکی مُختلِف اَنہار یانے سَحر، سِری، تاپھ، زوٗن، دُبُل تہٕ شمع بیترِ چھِ أنٛزِ شاعری منٛز مُختلِف اِستعیارأتی مانہٕ ہیتھ یِموٗ منٛز کینٛژَن معنوی مُنسلِکات سرکھٕ سَپدِتھ علامتی رنگ تہِ کھوٗتمت چھُ۔ گاشہِ کِبن یِمن مُظأہرن ہنٛدِ ورتاوکہ تہِ چھِ أنٛہنٛزِ شاعری منٛز زِ روٗخ۔ گوڈنکِس منٛز چھُ گاش قدرَن ہنٛز بالادستی، اَمن ،خوشگوار تبدیلی تہٕ تہِ سورُے کینٛہہ یُمہٕ ستی اِنسأنی زِندگی ہُند اِنتِشار دوٗر سَپدِتھ اَتھ منٛز سوٗکوٗن قائیم سَپدِ۔ اَتھ برعکس چھِ تِم مُظأہرٕ یِموٗ ورأے گاشُک تصوٗر نامُمکِن چھُ یا یِم اَمہٕ گاشِکی نہو نکار چھِ مثلن گٹہٕ، خاموشی ،سیأہی، روٗتُل بیترِ تِمہٕ سارِے باوتھ کران یِم زِندگی ہنٛدِ اِنتِشارکہ تہٕ فرِد ہنٛدِ کربکی وجہ چھِ۔ اَتھ روٗحس منٛز چھُ گاش مَسرت تہٕ راحتُک موٗجِب تہٕ گٹہٕ خوف تہٕ وسوسٕچ۔

دِلبَر ووۄتھ اَچھ مُژر

وُچھ پھۆل سحر

روتِلس گوشَہ ژھوکان

روتلبک عالم چھُ آسان راتہٕ موغلن ہُنٛد غلام



شہر سوُرے سِیاہی ہُنٛد وُ رُن ہیتھ

گۆ مُت دَم پھُٹ نبٕض واوس تہٕ کاوس

گٹہٕ نبٕ گلو ومُت شاہ شاہ چھُ گاشُک

وولُرتا مَتھ چھُ دأ رِتھ مون وُنی کنٛن

یِوان مادرِ نیٛٹھی ہر موکھ گاشہِ رۄ ستے

دۄیِم روخ چھُ اَتھ برعکس یِیتہٕ گاش خِوفُک تہٕ کرُبک تہٕ گٹہٕ راتُک سبَب چھِ۔ یِژھَن جایَن چھُ گاش بینٲیی ہنٛزِ صوٗرٕ ژمنٛز سونٛچ زان تہٕ آگاہی۔ یہِ گاش چھُ اِنسٲنی زِندگی ہنٛزِ تلخ حقیقژ ہُنٛد انکشاف یُس

کنولس منہِ سودرس منز ڈنگ دِتھ سپدان چھُ۔ یوہے اِنکشاف تہٕ آگاہی
چھیہ اُمس بقولہِ کنول اِنسانٔی زِندگی ہُند ازلی شاپھ۔ تہٕ یہ شاپھ کانسہِ
چھیہ اُمس نش اگے وَتھ۔ اُچھ کوٚرِتھ گژھہِ تہٕ کرٕ ہنیارکس عالمس منز
راوٕن ییٚتہ نہٕ زانٔی ہنز تژیش روزِ تہٕ نہ سونچک ؤدرروٗگ۔ اُہنز ''سونچ''
''زان'' تہٕ شاپھ بیترِ نظمن منز چھُ امی خیالُک اِظہار سپدمُت۔ 'شاپھ'
نظمہِ منز ''بُدھ'' ہنز غوا صی ہنز کتھ کرِتھ چھُ دراصل کنول ذاتہٕ کنہِ
سنزن منز ؤستھ پنہٕ سودرٕ منتھنچ کتھ کران۔ اماپوٚز بُدھس تہٕ اُمس چھیہ
یہے فرق زِ ییٚتہِ تس منتھن کرِتھ سوٚکوٗنک تہٕ اِطمنانُک امریتہٕ نوٚٹ باگہِ
آو تتہِ آو کنولس مویوٗسی تہٕ شِکستُک زہر نوٚٹ اَتھِ یُس نہٕ چنہٕس تہٕ
رٕژھنس بتُر چھُس۔ امہِ دردٕ انگیز صوٗرت حالہٕ منز نیرنہٕ باپتھ چھُ یہِ کُنہِ
ساتہٕ دیوی طاقتن تہِ پان پشراوان تہٕ گہے پنٕن غم دوٗر کرنہٕ کہِ بہانہٕ پنہٕ
نبن خیالن ہنزِ مِثٲلی زِندگی ہنٛدِ بن سوٚپنن ساکار کرنہٕ باپتھ بٔلی خوٚشی ہُند
زِتنہِ زوٗل تہِ کران مگر چھیکرس چھُ یہِ سوٗرے دشت نوٗردی ہنٛدی پاٹھی
بےٚ سوٗد ثابت سپدان۔

اوِ مو کھ چھُ أہنٛزِ شأعری منٛز جوش تہٕ خود اعتمادیت بجایہِ کرب ، کسک ، تہٕ غم تہٕ یہِ سورُے چھُ کنولنہِ تخلیقی غوأصی ہُنٛد ماحصل تہٕ فلحال چھُ أہنٛزِ شأعری ہُنٛد آنتھ تہٕ أہنٛدِ تخلیقی سفرُک پڑ وومُت منٛزِل یہَے تہٕ ''یتھ آنگنَس منٛز'' چھیٚہ فِلحال أہنٛدِ امی تخلیقی سفرِچ تھکہٕ پیٚنٛڈ ۔ بہرحال کنولؔ سُنٛد فن چھُ بروٗنٛہہ کُن پکان تہٕ اوٗ ہُنٛد تخلیقی سفر چھُ جأری تہٕ مُمکِن چھُ زِ پننہِ یمہِ آنگنہٕ کہِ تخلیقی پڑاوِ منٛز نیرتھ واتہِ أہنٛز تخلیق کار شخصیتھ فنہٕ کِس تہٕ تخلیقی غوأصی ہنٛدِس تتھ منٛز آنگنَس منٛز ییٚتہٕ سُہ تم موختہٕ لرٕ تہٕ موچھِ رٹہِ یم نہ صِرف انسانہٕ سنٛز برتری نیشناوَن بلکہ کرن زِندگی ہنٛدی شِکست خوردٕ تہٕ مویوٗس ژھایہِ ہلی تہِ مسرت تہٕ مأری منٛز رکہِ گاشہِ روشن ۔

کشمیر یونیورسٹی

ڈاکٹر رتن تلاشی



# وبتھ



ٹاٹھِ! ہے میٚہربانہٕ !مأفی دِم
زانہٕ وُن چھُکھ تہٕ پانہٕ ،مأفی دِم

کیازِ تھُوی تھَم وَتَن تیوٚنگل وٕہرِتھ
چھُس دَزان دانہٕ دانہٕ ،مأفی دِم

شاپہٕ لَد چھُس بہٕ راشہِ پھَل بوٚگان
ہر مےٚ پاپن ژٕ پانہٕ، مأفی دِم

چھس گٹن منز وَدان زِ باشَل شُر
تاپہٕ ٹۄک گِند شبانہٕ ، مأفی دِم

چھس بہٕ پانَس گِندان ژھپِل ژھانجن
چھُم مے گیلان زمانہٕ ، مأفی دِم

جایہٕ ڈٲلی تھےٚ مے سایہٕ سوٗرے ڈۄل
پانہٕ کاسُم وکانہٕ ، مأفی دِم

چھکھ دیالۆ مے یَژھ تہٕ پَژھ چأنی
چھُم نہٕ وونی کانْہہ گُمانہٕ، مأفی دِم

چون دۆر بر تہٕ دَگ دِلَس جگرَس
کانْہہ تہِ سمکھن بہانہٕ ، مأفی دِم

اَکھ لوُکُٹ دِل تہٕ لَچھ صدَم وتڑٕنۍ
وونۍ ونَے گَم فسانہٕ ، مأفی دِم

چانہٕ بڑٕ انٛدٕ چ یہِ لَرٛھ مےٚ کیمیا چھَم
چھُم ڈٕبکَس سےُ نِشانہٕ ، مأفی دِم

زَر چھُ کنولَسؔ وٕں شَر دِلَس کاسُم
چھُس پیٚومُت آسمانہٕ ، مأفی دِم



# یتھ آنگنس منٛز



یِہ آنگُن لولہِ نیایَن پڑون شآہِد

یِہ آنگُن رِنٛدٕ مستانہٕ تہٕ زآہِد

یِہ آنگُن عشِق، لاَلس روے گُلنار

یِہ آنگُن حُسن، یارَس بونہِ شیٖہجار

یِہ آنگُن صُبحٕ گآہی بُلبُلَن ہنٛز

یِہ آنگُن شامہٕ سنٛدھیا مَسولَن ہنٛز

یِہ آنگُن بامہٕ وۄتھ اللہ ہو اَکبر

یِہ آنگُن شنکھٕ کھۄت ہی شیوٕ شنکر

یہِ آنگُن زانِہہ مَشیا تَس بالہٕ یارَس
تیمِس پہو خوٚنہِ دِل ہأرِتھ یہِ تژاوُن
ہُنٛدُر دِل ہیتھ اَژُن ہُتھ آنگنَس منٛز

یہِ گو بیدار بَخ تَتھی آنگنَس ووٚنی
بخت یٔمہِ آنگنُک گو وَقتہٕ بزٕ ووٚہی

خبَر ہُتھ آنگنَس منٛز کیا چھُ ڈیشُن
سَپز یتھ آنگنَس منٛز یار مأری

مگر وق واتہِ پھیرِتھ یُن چھُ لأزِم
کرٕنی مُتی میٹھی پیٹھی میژِ یلی مُقدَر
چھےٚ اَمہِ چی اَڈرَن سأنس ووٚجوٚ دَس
اَمِچ خوشبوٚ بُستھ سأنس رُحس منٛز

میےٚ چھُم یتھ آنگنَس مَنٛز آے لوٚ بمُت

مےٚ چھِم ییٚتھی آنگنَس مَنٛز پڑان تراوِنی

مےٚ چھُم یتھ آنگنَس مَنٛز واس دیہِ سُنٛد

ژوِن یتھ آنگنَس مَنٛز ماے دوہدِش

وُزِن یتھ آنگنس بُرایہِ     اَمرِتھ

نوٹ۔ (''یتھ آنگنَس مَنٛز'' نٲوی طویل نظمہِ مَنٛزٕ کینٛہہ شار۔ نومبرٕ ۱۹۷۰ء)
یہِ نظم چھےٚ مےٚ أکِس یارٕ سِندِس کشیٖر تراوَنس پتہٕ لیچھمٕژ

کنوٗلؔ

# غزل

یاد ؤترِس منز وَچھس تُلہٕ نار کوٚر
ریٚہہ چھےٚ ریٚہہ أتھی بُسرِ تل شیٚہجار کوٚر

رأتی راتس رؤچھ سہٕ دیدَن منز گولاب
دوہلہِ فُتوا دِتھ اَسی سنگسار کوٚر

یوٚژھ نہٕ تَے وَٹھ کوٚر وَچھس ننگأ وزبو
یوٚژھ تہٕ أچھوٕے ستیٚ اَسہِ دربار کوٚر

گےئ نۂ درشن دآ رؤ ژھ ئ دی پھُلیہِ وَن
کوٚر رتۂ کائ ٹھِس پیٹھ مأشھُیل دیدار کوٚر

ترٛیشہِ ہُتی اَرماں، دِٕلکی چھوکھ، أشی ہَلم
گاٹہٕ روٚستے اَتھ متیو باپار کوٚر

بونہِ شِہلِس ئ دی سوریٚہہ ژھٹ ہی وَنن
سَتھ قدم پاٹژالہٕ ترٔی وَچھ مار کوٚر

دردِنَیہِ ہٕشزلَے ووٚلَے کوٚستوٗری یے
مُٹھ نۂ کنوٗلس أمی غمن بیمار کوٚر



# غزل

پانہٕ رۄزِتھ ژٕ ژھایہِ پانَس مَنٛز
چھَے ژےٚ کرٛاہ دِشایہِ پانَس مَنٛز

گَتھ ژھنڈان چھُکھ سیٚکلی تہٕ تاپلیٕ وَن
چھُے موژیٚومُت ژےٚ سایہٕ پانَس مَنٛز

چھُے تہٕ پاں قطرٕ شوٚد تہٕ شیٖتَل ہے
چھَس تہٕ وُزٕمل تہٕ گرٛایہِ پانَس مَنٛز

وُچھ ونیٚومَے سنکھ تہٕ راوی دِل
وُچھ پھٹان چھےٚ ژےٚ لایہِ پانَس منٛز

پرِ سأ پانس دَشامہٕ یئندر اَکھی
چھٔکھ رٔ پچِھتھ ہَتھ بلایہِ پانَس منٛز

بےٚ وَچھس منٛز تہٕ وَچھ تہِ میٚونُے چھےٚ
بےٚ وُچھان چھُس بےٚ وایہِ پانس مَنٛز

چھُم چھوکل وَچھ کنوٗل کورُٔ کھیشتر
جنگ چھُ جأری مےٚ بایہِ پانَس مَنٛز



# غزل

پرٕ کرٛ پتھ ترٛۄتھَس وقتِ شام ووٚلَے
آچھِ کۄرتھس بۂ وُڑۄن تمام ووٚلَے

چھَم ڈٕکس چانہِ ناوٕچ جُرِتھ ووٚنۍ سوٚزٕل
چھَکھ مےٚ جِگرَس کھٔنِتھ گُل اندام ووٚلَے

زۄن وَنٕدنَے ژٕےٚ پادَن أچھَن تل یتَم
وُچھ مےٚ گو دارِ تَل چانہِ شام ووٚلَے

ترٛیشہ ہۆت چھس یوگن ہُند وُچھی وُٹھ پھیشان
مس چھوٕر چھکھ برٛتھ لولہِ جام ووٗلے

میانہِ برٛی اَژھتہِ مۄڑی پوشہِ ورشُن کرٕ ے
چھُم اُچھن منٛز مے رُح تھامہِ تام ووٗلے

چۄن دۄربر ژٹان چھُم یہِ وانٛج دوٗہے
چھس چوان خوٗنہِ جگرکی یہِ دام ووٗلے

چۄن روے وُچھ گُلابَن تہِ وۄشلُن کھوٗتُس
میٲنی پاٹھی ژٕٹن جامہِ تام ووٗلے

شولہِ ماران جوانی ژٕ ے چھے پوٗشی نٔے
چھکھ ژٕ کنولس نصیبس ینام ووٗلے



# غزل



سینہٕ مُژرِتھ ووٗنہٕ گس بوٗتھ ژٕے راتھ
شیشہٕ دِل پانڈٕ وپلَس چھوٗتُھ ژٕے راتھ

کاںہہ اکھا ما رٔود جامَن مَنٛز یِتھُے
جلوٕ پیمانَس اندر ہوٗتھ ژٕے راتھ

شورِ محشر وٗتھ رِنٛدن پھٕ وٕترِ نٔون
تور میخانس یِتھُے تھوٗتھ ژٕے راتھ

نالہٕ متیٖ کڈ تالہِ کنز ژھٹھ دوشوٕنی
سِر یوٚہے پڑتھ کأنسہِ پٹھ پوٗتھ ژےٚ راتھ

ٹینڈی مےٚ پھِر ناوِتھ رُمَن گوٚنڈنَم جلاو
کایہِ منٛز ستھ سَری یہِ دِل توٗتھ ژےٚ راتھ

گُل ژٕ چھکھ کُنز ہِش سنیگھ کیاہ وَنَے
پان ییٚلہِ لرِلوٚر مےٚ نِش سوٗتھ ژےٚ راتھ

وُچھ ونیوٕ مےَ نا مہ گِند تیٖوٚنگلن دَزو
وُچھ تہٕ ما موٗنتھ سہ بُتھ ہوٗتھ ژےٚ راتھ



# غزل



ہے مَنَس شک مےٚ زاو، اللہ ہوٗ
کیا ساَ کیا چھُم مےٚ ناو، اللہ ہوٗ

کالہٕ زُلفَن ژےٚ گَش کوٚڈُتھ یامَتھ
وارٕ وولبِو یہِ واو، اللہ ہوٗ

زانٛہہ تہِ پُرٛژھتھَم نہٕ کیا خبَر آسےٕ
چھُوکھ تہِ وُچھتھَم نہٕ تھاو، اللہ ہوٗ

خۄنہٕ مجلۄنہٕ لالہٕ دَز میٚیے ستۍ

مےٚ تہِ ساٲ گۄنڈَنم جلاو، اللہ ہۄ

نارٕ وتھ پٲچ ؤہان وَتوَ دوہلی

دۏد ؤں جَم جَم الاو، اللہ ہۄ

ہے مےٚ وۏندمَس وونٛدُک شُہُل سورُے

ژٲمی بخُش آمہٕ تاو، اللہ ہۄ

یادِ ؤترٕکر مےٚ نیرٕ پیٚتۍ کۄران

ہے یہِ اِنسانہٕ کھاو، اللہ ہۄ

تشنگی گُسَ ؤں کاسہِ کنولسؔ وَن

تشنہٕ لَب نارٕ دژاو، اللہ ہۄ



# غزل



دوستو غمگین چھُ دِل اَسہٕ ناٲوی تَو
چھوکھ مےٚ ٲکتیاہ لگٲ تلا گٕنزرٲوی تَو

پوشہِ چمنَن منٛز گوٚن بُلبُل دوہَے
ٲددوَنَن منٛز کیٛنہہ تہِ شوٗوے ترٲوی تَو

اِدٕ بہٕ چھُس سُقراط کاٲسِو شَر دِلَس
تشنہٕ لَب چھُس مےٚ تہِ سہُ پیالا چاٲوی تَو

یِم تھپلِ سمیَن چھُ گوہ منسوومُت
داغِ دِل داغِ جِگر متہٕ ہاوی تو

خوٗنہٕ سٕری کٔری لالہٕ خوٗنٕری موسمَن
وۄن وُچھِن والِو زِ پھُلیاہ چھاوی تو

شورِ واوَس منٛز دزان انہاری خاب
تن ژٕ ژٔنۍ پوشو متا ووشہٕ لاوی تو

ہو تلاوٕنۍ تو سو نازل آیہٕ ما
ہو تلا مےٚ تہٕ چاکھ جامَن داوی تو

قاد خانک قدری چھو آلو دِوان
کانٛہہ حسینا میون دِل وُپھلاوی تو

نال وۆلمُت چھُے سیأہی عالمَس
پان گٹہٕ نأوِتھ سَنگر پڑزلأوی تَو

غَم چھِ کنولسؔ باگہِ آءمتی حبس کرِو
یُتھنہٕ جامَن لارٕ نَو لوٚب تھأوی تَو



# غزل

تھکھ چھُنہٕ کرمَن وَتھ بَدلاو
پاپھ تَے پوٗنی سأری مَنساو

منہٕ بوٚمبُر کوٚر تنہٕ منز قأد
سنہٕ لَد دِہہ گوم آدَم کھاو

وَقتُک سَتہٕ تُت اَسہِ دِگنَس
تِکھ تِکھ ٹُلنَس بوٗچھِ ہوٚت کاو

مرنُک وَسوَسہٕ وَسہٕ وُن تاپھ
زونُک فِٹہٕ فِٹہٕ کھسہٕ وُن چاو

ٹھُہر کھ مرگنہٕ چھیٚپہٕ لگہٕ ہَم
پگہ روز پکہٕ وُن پوٚنی تَے واو

پاٚنَس پاٚنَے ووٚن کھیٚو نگھ
پاٚنَس پاٚنَے اَسہِ تُل ٹاو

یَس ژھانڈان رووُس پاٚنَس
ژٕمی اوس ووٚنمُت گرٕھ با راو

گَتھ کٔری عٔشقن کَتھ گٔیہِ رأسی
مٔتی ماشوقَن پٔتی کوٚر داو

سورمہٕ تہٕ سازَس موٚت چھُنہٕ لور
مرِ کوٚر وُچھ بَلہٕ گچھِ پأراو

چھُندراَ وِتھ گم دانےٚ پوش
وُچھ ما وۄن تھےٚ وولہِ ساٖ چھاو

واہ واہ مالُین پۄشُن شین
ہےَ ہے وأریو ریٚہہ تہٕ الاو

سیکہِ شاٹھس منزٕ تمی سٕنز یاد
یارِ بوَنک زَن واوٕ صداو

کنولس مَست مَلنگَس کیا
منہِ منزٕ ریٚہہ چھس کھوٗنہِ ڈٕری یاو



# غزل



رَخ چھُ بَدلان بڑٕنژٕس اندر اَرساتھ
حبس اَگر نےَ تھوَکھ تہٕ راوی ذاتھ

چشمہٕ مُژرہتھ تہٕ سٕری کوٗرتھ عالم
ووٚنڈٕ بووٗتھ تہٕ مس گٔرِتھ حالات

نَظرِ گَش ہیٚوٚ کوٚڈُتھ تہٕ دوہ ووشلیو
شانہٕ زُلفن کوٚرُتھ ؤٕٹتھ مٔژ رات

مےٚ تہِ اگر توٚگ نہٕ بٕرِ کی یہِ موچھ تھاوٕن
ژےٚ تہِ نہ سأ بٕندرِ ژٕ ژ دِژٕ تھ خأراتھ

نیٚہہ گٹٕن منزٕ سہ ٕ تلپتالس ووت
شیٖنہٕ گاشس ژٕ کوہ تھٔنگس پیٚٹھ وات

اَز تہِ کنولس چھےٚ دگ تیٚتھےٚ پأٹھٕن
اَز تہِ زخمن تٔمس لگان وٕہرات



# غزل



ہٹہِ چھَم تلخی گَتھ کَڈٕ واش
مٹہِ چھَم کھٔرٕمٕژ پَنٕہ نی لاش

کٔری تَو میٲنَس خوٚنَس نوش
اَتھ چَھو مٔستی ژھٹٕہ وِنٛ چاش

پَدِ پَدِ گٹٕہ پَچھ تِچھ زَن قأد
تھدِ تھدِ پٛنجَرٕ و روٗژمُت گاش

ژھل کٔر ٹاربو پھوٚٹ دُنیا
دِلٕہ کِس شہَرس لوٚگ پُرخاش

یادَن ہٕنٛدۍ تارکھ پٔژلاو
اوٚبرَن اَے ووٚلمُت آکاش

یَتھ لنٛجہِ وُلِتھ اۘدی پوٚش
یَتھ لنٛجہِ گَتھ چھُکھ تھاۘوِتھ آش

یارٕز گٔرۍ گٔرۍ یارٕز رآو
یارٕز ژھاران داش نَداش

وصلکۍ وعدٕ چھِ حُسنس بوٚش
ہجرٕکۍ نالٕہ چھِ عشقَس راش

کنولسؔ لتٕہ موٚنجہِ گٔرۍ سمَین
پرٕ ژھیٚنۍ جِگرٕکۍ رتٕہ پھُٹ قاش



# غزل



شاپہٕ لد وِزتہٕ پوٚت پہَر خاموش
نَب چھُ دَم پھُٹ چھوکھ سحر خاموش

وِگنہِ وَنوُن تہٕ مأنزِ ڈُلی رَتہٕ ئرُی
رنگ چھِ وٕیگبن دَزان زَبر خاموش

وَٹھ وَچھن گَو تہٕ وُٹھ سُوتھ یارَن
نَظر وأراں تہٕ سوٗنچہِ سَر خاموش

دڑاے ساأری تۂ گئے گمن طرفَن
بونۂ حاأراں مَگر ؤتھر خاموش

شورِ محشرتۂ ہارِ پھٔرٹۂ واَنلنٛج
بارِ دٔہشت وَٹسٔر چھِ پَر خاموش

پوشہِ پٔتَرن تنٛگل چھِ لاأرِتھ ووٚنی
باغوانَس چھِ گُلو پٔتھَر خاموش

شامہٕ ژھایَن پڑٕ کرِش چھُ ژامُت جِن
واوٕ گرٛایَن ہرٛر مَرٛر خاموش

وُچھتۂ سألابہٕ بُزِ کوٚرُتھ سوُرے
توتہِ ما گئے رٕتج نٔہر خاموش

مارِ واتَل چھِ چارٕ گَر اَز کَل
لاشہِ ڈُوی ڈُوی بۓ کس شَہر خاموش

تان کپٹتھ نیَس گَفَن ژوٗرَو
اَس وٕہرِتھ چھےٚ ہنٕز قبَر خاموش

تھامہِ گوٚمُت کنوٗل مُسافِر ہیٚوٗ
کُن تہٕ کیوٗل چھُ دَر سَفر خاموش



# غزل



کرَو گَس گَس متھیو وونی گراو وَنتَم
لگِم یَم چھوکھ کھٹِتھ کنتہٕ تھاو وَنتَم

وَچھَس زٕلی زٕلی بہٕ چھُس روتُل ٹَپاوان
پتواں دوہ بارِ کِتھہٕ گُزراو وَنتَم

چھُ گرٛکہٕ وُن سونٛچہِ سَرٕ والان بُسَر ووٕنۍ
چھُ چھوکہٕ لَد ظوٚن کٕمِس منساوٕ وَنتَم

سِتمگر پٕرۍ یہِ مُحلس پھوٚر تہٕ ٹھوٚر گو
غمن ہِنٛدۍ گنٛج گَتھِن خرچاوٕ وَنتَم

ژٕ ے دُلِوتھ پھُلیہِ وَن ثیُٛونگلَن کُرتھ چھینٛدۍ
پَدٕ بَن تَل اونتھَم صحراوٕ وَنتَم

رُمَن چھُے وٕیہہ برِتھ تیٚہہ ما ہماں چھُے
وٕں کوس ہِش طِب پَتو ازماوٕ وَنتَم

أتھٕر لٔج یادٕ وٕترِس ذیہنہٕ لولہِ منٛز
بہٕ کیا رٕژھراوٕ تَے کیاہ ترٛاوٕ وَنتَم

ہُہ شرٕ کھ تَے واکھٕ سرَگم چھَم چھَما چھَم
سٔنگِستانَس اَنٛدر گَس باوٕ وَنتَم

چھُ ؤتھمُت نیٚندرِ أندرُم دود کنولس
دِمَس گُس کوٚژھ تہٕ میٚنَس پاوٕ وَنتَم



# غزل



چانہِ کَتھِ کوٚر یہِ کیتھ اَثر توبہ
پوشہِ پٹرَن تہِ ژھیوٚن جِگر توبہ

نال وۆلُمت گٹو چھُ اَز گاشَس
گلی چھُ موٗران بےٚ سو کھ سحر توبہ

پوشہِ باغَن چھُ ڈوٚٹھ بُزی یاوُن
پوشہِ نوٗلَن چھےٚ چشمہٕ ترَ توبہ

شورِ وٕہرِتھ وَتن پکَو کِتھٕ کٔنی
تھامہِ گومُت چھُ ووٕنی شَہر توبہ

چانہِ فرمانہٕ وَچھ گُلالَن ڈٔدی
چانہِ اَنٛجامہٕ پَژھ پَتھرِ توبہ

باگٛد گومُت ژٕ ے رَتھ رگن منٛز ووٕنی
وَٹھ وَچھَس تےٚ ژٕ ے گوٚ ے مگر توبہ

ناو پرٛژھی پرٛژھی چھِ داو ازماوان
گَتھ چھےٚ ییٚژٕ ے وٕل موٕختَصَر توبہ

اَز تہِ سوے بے پٕژھی چھےٚ نظرن مَنٛز
اَز تہِ سوے بے بَسی زَبَر توبہ

وَنتہٕ ووٚنۍ کر گرشھکھ مےٚ مَنٛز تحلیل

چھُس موٗژیومُت بہٕ موٗختصر توبہ

اَز تہِ کنولسٓ چھُ دِل ژھنبان شامَن

اَز تہِ چاوان چھُھَن زَہر توبہ



# غزل



ہے طَیس پیٹھ چھُ نار ، لوٚب رۄزِو
یُتھنہٕ زالوٚ بےٚ عار ، لوٚب رۄزِو

وٚتھ تہٕ وولیہ سَمیہٕ پھُٹیر ڈیشتھ
گُنہٕ تہٕ تھأوِن نہٕ تار ، لوٚب رۄزِو

چھُس گٹن منٛز گِنٛدان کُنِس جانَس
أس وٕہرِتھ چھِ مار ، لوٚب رۄزِو

ڈۄل سہٕ موٚسم گُلأبی سوٚخنَن ہُنٛد
بۄزی وا کأنٛہہ وٕل زار، لوٚب رۄزِو

راتھ تامَتھ کٔرِنی مے پوٚشرٕ گتھ
اَز کریا تٔتھی نکار ، لوٚب روٗزِو

چاکھ دِمہٕ ہاوِ چھس تہٕ نوٚن گرِژھ سر
خاکھ ملہٕ ہا بیمار ، لوٚب روٗزِو

میأنی وأنج کران چھےٚ پھشیہ پھشیہ اَز
تشنہٕ روٗحس چھےٚ لار ، لوٚب روٗزِو

دِل چھُ کنولس وٕ ں شامہٕ پٔتی راوان
سحرٕ شوٗقَل بیدار ، لوٚب روٗزِو



# غزل



دارَس کم کم کھاۓلی وَتو
تَل پاتالَس واۓلی وَتو

پٕد پٕد شولہٕ جہنٔمی نار
پٕد پٕد وتہٕ گتھَ زاۓلی وَتو

نفرت خود غرضی تَے جنگ
اَسہِ کرِثہ أنۍ یِی ڈاۓلی وَتو

ہرشنہِ پُتھُر تے کُنڈی گٹہٖ کار
رتہٖ مُجلوٗنو ژائلی وَتو

اَرزُن ژلہٖ روو غرضَن چائژ
گس ژھا نڈکھ ہیمائکی وَتو

پاٸھلی پکہٖ موٗنڈی ژھینٗ یارَن
پتہٖ ہیٗرش رتہٖ چھپَ بائلی وَتو

اَتہِ گو وتہِ پٹھ روٹہٖ کنوؔل
کھُر اوٗنہٖ ہَس پانژائلی وَتو



# غزل



یہِ وَنتَم پیٚڑ خاموشی رَوا چھا
چھےٚ ہجرٕچ دَگ دِلَس اَتھ یِی دَوا چھا

وَنےَ کیا خۄنہِ دِل چشمَو ہَران چھُم
تہٕ وُچھ أشہِ قطرٕ ٹارٕن پیٹھ صَفا چھا

نہ صُبحٲے شنکھٕ شبدا شرٛان سنٛدھیا
تہٕ ویٚتھِ پیٹھ گُلہٕ گنٛڈِتھ ووٚنی کانٛہہ بَٹا چھا

دَزان رُم رُم أنٛدرٕ مرثی چھےٚ جأری
نیٚبرٕ ژھوپہٕ دَم ژٕ وُ چھ کأنٛہہ ستھ صدا چھا

پرُن تژ أوِتھ چھِ أسی رأوِتھ وتَن منٛز
گرٛژھو کوٚت کأنٛسہِ وَنٛتم پَے پتاہ چھا

گونہگارَس چھُ سونہٕ سُنٛد تاج بَر سَر
بےٚ گونہَس پھوٚرسبزَرتَس یِی خطا چھا

قہر اِنسانہٕ سُنٛد اِنسان چھُ بوٗگان
ژٕ ونہٕ کھا توتہِ اَتھ قہرِ خُدا چھا

کھسان شاہ ٕلتھ وٕلتھ گٔنڈٕ تارِ کنولس
ویٚہل أنٛدی پٔتٕ ڈلان بادِ صبا چھا



# غزل



نہ بُلبُلہٕ پچِ نہ کانٛہہ آواز بٲستی مَنٛز
وٕڈٕسی گومُت چھُ پرٛتھ کانٛہہ ساز بٲستی مَنٛز

چھِ ٹارٕن پیٹھ رٕہتھ أشی قطرٕ موصوٗمَن
وَتن لٲرِتھ دَتن ہُنٛد ماز بٲستی مَنٛز

دِلُک دُب دُب کھٕٹِتھ روزی تہٕ ِکتھٕ پاٴٹھن
لَبن لیٚکھِتھ چھُ پرٛتھ کانٛہہ راز بٲستی مَنٛز

بوٚبرٕ کاوَس تھوٚوُکھ ٹاوَس تُلُن بُلبُل
پکھَن منٛز سَر کھٔٹِتھ شاہباز بٔستی منٛز

متیوٚ وَن وَن گٔرِتھ پیٚیے وَن ۂرِتھ لولکۍ
پھِرِتھ پرٛتھ کأنسہِ پوٚر رسُے وعظ بٔستی منٛز

بُتھِس پیٹھ بُتھۍ مٔرِتھ سأری چھِ بدٕلیمتۍ
کٔمِس پیٹھ گَس چھُ اَز کل ناز بٔستی منٛز

زُوَس کنولوٕ گندُن پوٚ کھَش گٔرِتھ سوٚنچِس
تہٕ ہارُن پوٚ یوٚہے اَکھ باز بٔستی منٛز



# غزل



مَتہٕ ٹُل تہٕ نَظر یَتھ شَہرَس مَنٛز
وُنہِ پھۄل نہٕ سحر یَتھ شَہرَس مَنٛز

گَس وۆتھ نہٕ مَشر یَتھ شَہرَس مَنٛز
گَس ژھیۆن نہٕ جِگَر یَتھ شَہرَس مَنٛز

پَتہٕ نیر نبرَ تَن مُشکاوِتھ
گوڈٕ شیر قَبر یَتھ شَہرَس مَنٛز

گوڈٕ کرِ نے بَعیت پَتہٕ سَر منگہٕ نَے
مَتہٕ وَنتہٕ پزٕر یَتھ شہَرس منز

پِی اوس گونہہ تَس بے گونہَس
تٔمی ٹُل نہ خنجَر یَتھ شہَرس منز

یٔمی قاشہِ دِلَن کرِ باشہِ شُربن
تٔمی پڑوو بجَر یَتھ شہَرس منز

برٕ نیرِتھ دٕرٕ لگو کَم ششدَر
سرٕ گو نہٕ سَفر یَتھ شہَرس منز

یٔمی خوٗنہِ جِگَر دیُت چیوٗن کنوٓلو
سُے چوو زَہر یَتھ شہَرس منز



# غزل



مَژر تُل خیالَو چھےٚ وُنہِ راتھ باقےٕ
یہِ دَم کٔہہ سٔنمبالَو چھےٚ وُنہِ راتھ باقےٕ

گٹَو دام دُیتٛمُت چھُ گاشَس وَچھَس مَنٛز
دِلےٕ کونہِ زالَو چھےٚ وُنہِ راتھ باقےٕ

دُپھَل وال نَظرَن پھُٹان پَر کُٹھِس مَنٛز
ؤل والَو یہِ تالَو چھےٚ وُنہِ راتھ باقےٕ

ؤجوٗدکی سِیاہ خانہٕ وولَن کوٚتامَتھ

اؤتےٚ بِری یہ والَو چھےٚ وُنہِ راتھ باقےٕ

مَہ دِکھ آسہٕ تھوٚڑ وُچھ وُنےٚ کینٛہہ ژِہی گےٚ

ہَنا وارِ نالَو چھےٚ وُنہِ راتھ باقےٕ

زَہر چیتھ اَگر زَن سَحر شولہِ مَنہِ مَنٛز

چَھمو رٕتھ پالَو چھےٚ وُنہِ راتھ باقےٕ

سوٚ کوٗنکی سَنگر تژیشہِ ہُتی روٗدی کنولس

کوٚہَن آب کھالَو چھےٚ وُنہِ راتھ باقےٕ



# غزل



لَب تشنہٕ گُلالَن وُچھ ڈٕیشِتھ رُم دار سَپُد پیمانہٕ متیو
متہِ چانٕہن زُلفَن کھٕر ڈٕیشِتھ وَردار سَپُد پیچانہٕ متیو

کاشہہ گَتھ نہٕ سَہل کاشہہ وَتھ نہٕ شٕہج مےٚ چھےٚ زخمن زہرٕ چ زٕہہ للہٕ وٕنز
بہٕ تہِ تھوٕ نہٕ ژٕہتَس تِم کرتجہِ چھو کھ ژٕ تہِ چیٖر یہِ رَتہٕ دامانہٕ متیو

مٔتۍ لازٕ گٔرِتھ کم وِہہ گٔری تھَم دوہ واتہِ تہٕ ؤنی دِکھ صٔحراوَن
ییٚلہِ آسہِ کتھا یَتھ سمسارَس پتہٕ لارِ ژٕےٚ کیٛاہ شُمشانہٕ متیو

ہنۍ ہنۍ چھےٚ غَمن ہیٚز گٔنڈۍ لاگَم پمپوشہِ وُٹھَن رتہٕ دأوۍ کراں
منۍ منٛز چھ بڑژھان کم لولہٕ اَچھَر تنۍ چھِٹھ چھِ کڈان اَفسانہٕ متیٛو

پدِ پدِ چھِ تیُوٚنگل ذٕہہٕ وِنۍ چھکرِتھ کٕمہِ آیہِ ژٕ تڑاوکھ پرۍ وُنُم
اَتہِ کرِ نہٕ أچھَن ہُنٛد اوٗش یأری اتہِ شوٗبہِ جنوٗں سامانہٕ متیٛو

کٕمہ حالہٕ چھےٚ بالا خانَن منٛز گُلۍ موٗراں لوٗلِچ لوٗچٕ پٕری
یہِ چھُ وقتُک سو چھ توبوٗدِ بنٛیو مَتہِ ووٚمہُک روٗنہِ زأنٛپانہٕ متیٛو

یَتھ سمیَس زہرُک نوٚٹ باگنٕز چھُنہٕ شنٛکر کانٛہہ یُس دام دِیَس
یَتھ سمیَس کھور ڈوٗل تخلاصَس فرزانہٕ سَپدٕۍ دیوانہٕ متیٛو

ووٗتھ نیٚند رِمےٚ جِگرُک دود کنوٗل سرِ شام ہُتھے کوٚر زوٗل أچھَو
پہوٚ ٹارٕن موٗلہٕ وُن خوٗنہِ جِگر پیٚیے تارَکھ چھلہِ اَسمانہٕ متیٛو

# غزل



چانہِ سورٕملی چشمہٕ لَچھ پیمانہٕ شوٗبی زُو نِثار
چانہِ وُزٕملی نَظرٕ میٔانِس عٔشقہٕ آکاشَس جَہار

چانہِ زُلفکی وَرلِگٕم وَر دار سَپدُس شَرمےٚ دژاو
گاٹلوٕ تفسیر یوٚژھ اٚتھی وارٕ رودُکھ گاڑہٕ جار

زوٗنہٕ گاہ، پمپوشہِ ڈَل، مدہوش وِز، آوارٕ گَل
یارٕ تِتھی مدٕ ماٗتی فِطہَن گس نہٕ کوٚر دِل بیقرار

چانہِ اَنہارٕچ جوٲنی میٔانہِ میخانٕک ووٗجوٗد
وُچھتہٕ لَچھ اَفتابہٕ پیمانَن اَندر وٕتھی بار بار

پڑاوِ کیا مُجلوٗن یَس پھُٹ چانہِ بَرتل بانہٕ اوم
تھاوِ کیا رٔچھ رٔچھ سہٕ یَس دامانہٕ سپد ہو تار تار

چھُس نہٕ آسن وول لیکن چھایہِ کم سرمایہِ وُچھ
میٚون وَچھ زخمی ، جِگر چھو کہٕ لد ، تہٕ وأنج داغدار

ہیٚچ نہٕ ییٚلہِ کلہ وألی کأستھ تڑیش لالس گو وُبألی
پَتھ یہِ شبنم کیا سَنا شیہلاوِ وُہہٕ وُن لولہٕ نار

موت تمھن لاد ہیٚنی، زنجیٚرِ تڑاونہِ ہاوسن
زِندگی مَنصوٗرٕ سُند پَزراہ تہٕ چھاوُن طوق و دار

مس خیالَن ہنز مُرِشِج سیتیا کوٗ تامتھ روزِ قأد
کتھ چھےٚ لنکا زالہٕ نچ تتھ کوٚرنہٕ کنوٗلن زانہہ تہِ عار



# غزل



پرٛتھ طرفہٕ وُہان نار ، نارٕ ے نار ، دۄ دُس ہو
پرٛتھ سایہِ بُسَر واوتیے بے عار ، دۄ دُس ہو

ژٕرٛ تأو گمٕژ زۄنہِ وٕہان ہِرکیہِ نِصف رآژ
تارَکھ چھِ ژھٹان تنبٕرِ وَرفتار ، دۄ دُس ہو

وُچھ نارٕ سٕنگِستان چھَکان نار فَقط نار
کتہِ چھُکھ مےٚ وَنان بونہِ شہُل ژھار، دۄ دُس ہو

کُن زُو تہٕ سیمٹھ کمہٕ یہٕ گو قبرِ اَنْدر پان
زِنٛدٕ چھُس بہٕ دَزان تٔندٕ ژٔندَن دار، دۆ دُس ہو

لاریۆم وَتن ماز لَتن ہُنٛد شَہَر ژَھنڈان
ونہِ آم نہٕ کانٛہہ دوس نہ کانٛہہ یار ، دۆ دُس ہو

پھٚیہہ پھیٛہہ چھَ کران زہٕ تہٕ پٔنُن خۄنِ جِگر چوم
ٚکتھٕ پأٹھۍ لگٕم نارٕ وٚتھے تار ، دۆ دُس ہو

کۆرمُت چھُ کنوٗل تاپہٕ ژٛنجو ہاے جلۆنی
گٔژھ روٗدٕ جُر یاپٚنٛز تہٕ ژھوٗن نار ، دۆ دُس ہو



# غزل



سہٕ میٛون دِلبر اگر ژٕ ے سمکھُے مےٚ لوو دل گو وُجارِ ؤنی زبس
خبر تِمس ما گو بسم دِلچ گَتھ بہانہٕ گٔری گٔری دُبارِ ؤنی زبس

روٗٹُم دِلَس منٛزٕ خیال تٔمی سُنٛد کھوٚٹُم وچھَس منٛزٕ مےٚ لول دوہدِش
روٗچھُم حیادون أچھَن اندر پوٚز دوٗ دُم دِل میٚنے لولہٕ نارِ ؤنی زبس

حِجاب تھأوِتھ بہٕ مایہِ وٚولنَس شباب ہأوِتھ نگار کوٚرنَم
اگر سہٕ ساتھاہ خبرؤں ہیٚیہِ ہے یہِ چھوکھ مےٚ تھوِ ہے قرارِ ؤنی زبس

سہٕ لالہٕ پھیران چھُ شالہٕ مأرَن یہِ کیٛتھ محبت یہِ کیٛتھ ووفا گو
برٛ ٹزِس مےٚ ہووُن حسین جلواہ تہٕ وأنسہِ چھاسےٚ سہارٕ وٕنی زبس

گُلالہٕ ڈٲشِتھ چھُ خال ہاوان وُٹھن گِندان ہیٚو گُلاب ڈٲشِتھ
اگر سہٕ چھو کہٕ لَد دِلس وُچھم زانٛہہ سہٕ ہاوِکیاسَن نظارٕ وٕنی زبس

بۆمبرٕ چھِ اٲخر اَمارٕ دراٚمتۍ وبدٕ اکھ دِتھ وَنتہٕ کیاہ لبَن ووٕنی
یٲنبٕر زلن چھاٲرِتھ دِوان وٕنی اَساں چھِ سوسَن مزارٕ وٕنی زبس

قُمٕرۍ چھُ وَصلُک بہار ژھاران خبر یہِ ما کانٛہہ اَثُر کرِم ووٕنی
مگر ژٕ تلی ٹارِ شوقہٕ میانے کٲرِتھ وٕں کانٛہہ کانٛہہ اِشارٕ وٕنی زبس

دِلُک امارا پھُکار ژھٹہِ ہے کنوٓل مےٚ زُونُک بہانہٕ بَنہِ ہے
اگر سہٕ اڈٕ لیٚچ نظر مےٚ کرِ ہے وٕں لولہٕ ہٲش پُر خُمارٕ وٕنی زبس



# غزل



پوشہِ چَمن پھولان پھولان سوے چَمن بہار آو
مارِ مٲتِس رُمَن رُمَن مائٹزِ نَمن بہار آو

یارِ وَنن مُژھُیل ہوا وِگنہِ گبوان چھےٚ نغمہٕ نٔوی
مس چھُ گوٚمُت ہُہ پوشہِ ڈل ہرنہٕ رُمَن بہار آو

رایہِ تہٕ سُرٕ کران کران پھوٚر چھُ پھرٕ کان یئمبرٕ زَلَن
جامہٕ ژَٹان ژَٹان وَنان سرو سَمن بہار آو

لولہٕ مٲژھلی گُلالہٕ پھۆلی سٲنٛدجہِ ڈلَو تہٕ چاو بۆر
دِل چھِ نِوان بڑٕژزبن اٮ۪ندر جامِ جمن بہار آو

آرٕ ولَن چھُ مارٕ مۆت تارِ کران چھِ وُچھِ وٕنبن
رۏف چھِ کران گُلاب روے زُلفہِ خَمن بہار آو

صُبحہِ نِشاط ٮ۪ٔنٛدرِ وۏتھ چشمہٕ ملان وۏنُن ڈَلس
سائلہٕ متبن گٲرِو کنَن سانہِ سمَن بہار آو

یارٕ ووٗنٛدس مےٚ لَے چھےٚ چاےٚ کس نہٕ خبر یہِ دگ رٕ چھِم
نالہٕ دِنس تہِ ماکٔمی چھَم نہٕ ہمَن بہار آو



# اَتھ



ہا پانہٕ ییٚتھِن ووتھ تھوٚد جَل جَل
کَتھ بیُوٗٹھکھ شِہلِس ہی تھٔرِ تل
یہِ چھےٚ دوٗرے نظرَن مَس چاوان
ہی پٔترَن پیٹھ چھِ سوٗریہ سمیکھ
کڈٕ واش تہٕ وٕلنِم نال نرٕ بن
ژھٕٹہٕ باکھ تہٕ ژٕٹنم زہرِ جِگر

ہا پانہٕ ییٚتھِن ووتھ تھود جَل جَل
اَتھ شِہلِس تل چھُنہٕ شیٚہلان دِل
اَتہِ ریٚہہِ چھےٚ گنڈان ہیٚرِ بون یادَن
ڈٕزی ڈٕزی چھُ پھوان پڑتھ تان زوٗک
ہٕری ہٕری چھُ پھوان کرنٕز پیٚشِن منٔز

چھُنہٕ یادٕ وۄتُر اَکھ ساد وُرق
تُل قلماہ رٕکھِ رٕکھِ پھیش دِتَس

یہِ چھُ وأنجِہ للہٕ وُن زبتہٕ أندری
کُنہِ کرتَل گتران زیٚہنہٕ جلَن
کُنہِ گرٛکہٕ ونہِ کرٛایہِ تلان ہَن ہَن
کُنہِ ستہٕ تُتٕ دِگ بے وایہِ أچھَن

یہِ چھُ پوشہِ شُہُل یہِ چھُ طۄفانا
اَتہِ مَشہِ نہٕ زٕہیے وۄہی پان پَنُن
کتہِ کتین پھٕری اَتہِ بارجہِ کُنڈی
چھُس از تہِ بہٕ ہرشنو ستی کَڈان
یم پٕدی چھِ مےٚ وۄنی رَتہٕ پھُٹ گاٹہِ
گٔہی ترٛاوٕ قدم کتھٕ پٔدی وۄ تھَنم
اَکھ اَکھ یہِ درٛمَن کانٕج چھےٚ سَنان

یَم نیزٕ چھِ اَنگٕہ اَنگٕہ دَگ بخشِتھ
رتٕہ راٗٹھَن اِستحصال گَران
بے چاٍر رُحَس چھو کٕہ لاے سپزٕ
چھو چھ کترِ گَران کوتُر گَٹہِ مَنز
زَن قیدی چھُ گجہِ پَتھ آچھِ گوٚمُت

امہِ حالٕہ کرکھ کیاہ پانٕ وَنُم
ژٕ رے تہِ پانَس فی پیٚیے وِہہ سَپدی
کِتھٕ آلَو دِکھ دِلِ بیمارو
سُلہِ سحرٕکِہ شبنَمٕہ وَدُنا گَر
مےٚ چھُ کرتام ہوٚ کھمُت چشمَن اوٗش

ہا پانٕہ یتیمن ووتھ تھوٚد جَل جَل
گَتھ بیٚوٗ ڈھکھ شِہلِس ہی تھرِ تَل



# شاپھ



زٕ دزٕ وٕنہٕ چشمہٕ ییٚنٛز ییران چھےٚ پانو
نَظر آوارٕ اَسمانَس دِوان وٕنی
کھسان ہیوٚر ہیوٚر تہٕ راوان شُنیٛہَس مَنٛز
وَسان بون بون شرٛپان اَلماس بَدنَس
تَچھان ہا پَتھ پٔنٛجو مظلوٗم روٗحَس
ژَٹان موصوٗم قیدِس پٔدی چھَس مَنٛز

یشودرا نیٚندرِ مَس مخملی پرٛنگَس پٮ۪ٹھ
ژھٹان رتہٕ چھوٚل گوتم پتھ وَنَس منز
کرَکھ کیاہ پانہٕ کُنی سےٚ چھیٚپہٕ لگُن چھےٚ
ہٮ۪یوٗ تُتھ کُس دود موٚلی جِگرَو بنی کیا
ژٕ وٚٹہٕ ہٮ۪کھ اَچھ تہٕ نظرن ٹھوٚر تھوَکھ کیا
سیٚکلی صحراو ژٕہہٕ وُن نار شولان
چھُ روح بے چارٕ ژامُت واے شروکنہٕن

ہُہ ڈلہٕ وُن واو کیاہ سَندارِ وَنتَم
پھیٚکلہٕن پٮ۪ٹھ رَو رٕٹِتھ گتھ کُن کڈَکھ دَو
چھپَن جایَن کڈان رٕڈٕ رٕڈٕ یہٕ پانَے
وُٹھن گےٚ چاٚکرٕ تریشا گرٛٹھ مے لوٗگو
مہ ترٛاوِو بیرٕ موصوٗمَن پدہن وونی
کنٛہےٕ وونی ہیکہٕ نہٕ وُزناوِتھ یہٕ زمزم

ونی وۄن ژھوَن کٲہِ زۄنہِ دَرچشمہِ یَم چھَم مےٚ

سازَو چارٕ سٔبیلا کانٛہہ نا کٔرِو

چھُنا کانٛہہ دَر دِلا یُس چشمہِ کۄرِ بَم

جودَس وٕ ہِنٛدی نظرَن شاپھ ہَن ژلہِ مےٚ



# ژٕر

مَتیوٗ ژےٚ گُس پوشہِ وَن بسوٗتھ

مےٚ ورگہٕ ترٛاَوِتھ ہٕرٛری تہٕ ہٕکرٛڈَے

سَبزٕ مےٚ ہَن ہَن رٕنگیٖن رَتہٕ پھُٹ

ژےٚ دوٗرِ دوٗرے ژوٗٹُھ نَظارا

مےٚ دوٗپ زِمیوٗنُے خیال ہٕبتھ چھُکھ

ژٕے نَظرِ نظرے سہٕ دود بخشُتھ
زِ سینہٕ سَپدُم گُلالہٕ وُہہٕ وُن
جَلاو گوݩڈنَم کَتھِس ووٚجوٚ دَس

یہِ لاگ بخشِتھ ژٕے میٚے رُتُے گوَ
مےٚ روٚس ژٕے گُس اَکھ یہِ بار رَٹہِ ہی
یہِ بار روٚٹ میٚے تہٕ گوس پھلوَاہ
ژٕے کیا ژٕ مَس چھُکھ تماشہٕ وُچھنَس

شِوٚس چھےٚ شکھتی ترٕشوٚل تآبیٚا
خَبر یہِ کَتھ گُیٚت چھُ یوٚگ سادھان
جٹایہِ مُنزٕ چھَس گنگا ہُہ جآری
چوان چھِ لَب تشنہٕ دامہٕ جوٚیَن

مگر بۂ رۄدُس دوہَے پھێشان وُٹھ
اماہ سُہ امرٕتھ تہٕ گٔمی سَنا چھو
مےٚ دامہٕ پھو بَس زَہر دوہَے چھُیون
کمَن وَتن ہُنٛد نِشانہٕ دُیٛت تھَم
مےٚلۆب نہٕ کاثہہ پَے زمانہٕ ژٔھنڈی ژٔھنڈی

بۂ تشنہٕ لوٚلَن وُبٲلی کۆر نَس
پدٕبن مےٚ تٔتی روڈٕ پھٲلی سٔنِتھ گٔے
مےٚ کیا اَثرُ کۆر ژےٚ آکھ دیٛت تھَم
مےٚ کرٕنز چھُ وبگلان یہ شاپھ دُیٛت تھَم
کنِٕس مےٚ تھٲوِتھ أنیکھ پیتہٕ گرٕشھ
فِرآری سَپدُس یہِ کاے پرٕآوِتھ
تھۆکُس بۂ پنہٕ نٔے صلیب ہٕتھ ووٚنی



# دَپان



سُہ یُس سنٛز لاش ترٛاوِکھ راتھ آبَس
دَپان تَس اَسی ترٛوٚپ دِتھ وُٹھ وَتھ ژھے اَچھ
تہٕ زِیُو کُنی تام تھٲوِ ہرٛ ووہی اَتھس کیتھ

یہٕ لاوارِس، ننگے، ننبتھ نۆن تہٕ پاگل
دَپان بَو بڑجہٕ ستبن ڈٔوکھ ہَنا دِتھ
تہٕ سارٕی ہۆنٛی شہَرکی اَسی ووٚنگان
لوان تَس منٛزی پدٕبن اوٚنگجن تہٕ چاٹِتھس

دَپان یِوٚ اوس وولٕیوُمت یہِ پاگل
وَنان کیاہ کیاہ نہٕ بوٚ دیوانہٕ گی منٛز
نٮ۪گے نبتھِ نوٚن دَوان دوران وَتوٚ پیٹھی
نہَ تھاوبن دوسہٕ نہَ کُنہِ دیوار لٔوٚگن
سمبٕھا کرٕ کہٕ ناد کٔری کٔری اَہرٕ نأوِن
تہٕ پرٕتھ زُو ذاتھ دیأون تھوٚپہِ کنن اوہ

چھِ عألمِ وُنہِ کنن پھَش پھَش دِوان پوٚز
کرٕکن ہنٛزٕ بستہٕ چھکھ ننہ تأری کھنٛجہِ پیٹھ
پَھشٕیکھ اَے اَگر کنبٔسر کرَبکھ نا
توٚے یِم دَس بہٕ دُعا کانٛچھان عفوٕ بَس

دَپان یِوٚ اوس وولٕیوُمت یہِ پاگل
وَنان کیاہ کیاہ نہٕ بوٚ دیوانہٕ گی منٛز

بۓ چھُس وُنۍ کِہن تۓ بۓ اوُسس فقط بۓ
تۓ بے شکھ آسۓ بروٚنہہ کُن بێیہِ نۓ کانٛژھا
بۓ چھُس بۓ، میانہِ ٲستھن باس مێوٚنۍ
پھٔکین پیٹھ رَو رٔژتھ پھیران محیطَس
ژٕہمن ٹھوٚنچھو ٕگندان بروٚنہہ کُن دَکاوان

بۓ چھُس وُنۍ کِہن تۓ بۓ اوُسس فَقط بۓ
ہرِس پیٹھ زہرٕ گرٛ وکھ ژھر ٹۓ ژَھرٛ ٹھ کران چھُم
چھُ مێوٚنۍ وَچھ وَچھس مَنٛز بۓ سَراسَر
ژھَس پیٹھ بۓ، چلاوان بۓ، لَمان بۓ

اَتھن دوٚن دِگنہِ چھُم پَشپان ووزُل رَتھ
چھُ کوٚرمُت میٛحہِ مُثِل کاٹھِس تۓ پادَن

الان ہانکل تہٕ وق موچھِ مَنٛز وٕڑسی گَو
وَٕصل ،واٗصِل ،وصالَت بےٕ ،مےٚ مَنٛز گَو

دَپانِ سَخ اوس وولٕیوٗمُت یہِ پاگَل
سُنہ تیمی ہٕنٛز لاش ترٛاٗوٕکھ راتھ آبَس
دَپان وُنہِ لوٚگ نہٕ کانٛہہ قاتِل پُلیٖسَس
نہ چھَکھ لاشہٕ پھَسان زالےٕ ژھیٚنِتھ پہو

• کھوٗلو وۄتھ موتہٕ کھوٗنہِ ژھیٚنٛز ڈۄنگلَن ٹینٛڈی
خبر ژھپِتھ دِتھ گٲتِن بیٛوٹھ آبہٕ موٚگَل

پشوٚ پیٚٹھی لُکھ وُچھان پھِری پھِری چھِ وۄتھِ گُن
مگر وٕتھ پننہِ مٲستی مَنٛز پکان بروٛنہہ



## زان



شُنہِ مَنٛز

رَتہٕ پھیٚوٚر

ہنہِ ہنہِ وو پدٕو

نظرَن میٛانِن اَبسَن وَردِتھ

موٗنہِ پھٲلی دوٗنوَے کوٚرِتھ نی نَم

شروپہٕ رأوِن ووزٕ جارَس تتھٕ کُنہٕ

زَن تہٕ ڈلَس پھٕٹ کوترجوٗری

ژھرٛ ٹہٕ ژھرٛ ٹۄہہٕ وٕنہٕ رُچہٕ گَرتامَتھ

یامَتھ پھُیرٛ لگہِ

شۆ دگِرٛھ آب

رَتہٕ پھیٛور

جأبر سنگدِل واسُکھ

پھٕہلوٕ پھٕہلوٕ

شرٕ کنٕن ژاءمتۍ

پرٛتھ بُستی ہٕنٛدی

کیٚمۍ تَے ءکرٛل

ژھپہٕ ژھپٕھ ژھپہٕ ژھپٕھ

پاردٕی ژھرٛ ٹہٕ ژھرٛ ٹ

پٕہرٕن، بُنگلَن، پِل بو کسَن مَنٛز

ہَے بُنگہٕ تارَکھ، ہِرِی یہِ، سمنٛدَر
دَم پھُٹؠ الپسٓ، نیلٓ، اجنتاؔ
موٗکلن پاٮ۪کی آیہِ تہٕ وہسرے
ووز جارَس منٛز تھکٕمتی پھرٛ کہٕ ہٕتی
اَپھرَس اَپھرَس گُمہٕ پھوٚٹ جِگرَس
زہوٗ تَے وُٹھ ژھاران ہَے لوٗسی

رتہٕ پھٔیوٚر
جأبِر، سنگدِل، واشُکھ
ہَنہِ ہَنہِ ووٚنی بَس
چیٚران پان



## سوٗنچ

پھیر وٕنہٕ یمہٕ لاشہِ
ٲمہِ آکاشہ
ژھانڈان ترٛیشہِ گٲلو

والہٕ واشَن ہُنٛد پٲتھُر
چھُنہٕ زاگہِ ٲلو
یَس یٲدِس گٲیہِ نالٕے
پھَہہِ لۄگ ہورکاو
تالہِ کنز رَتہٕ راٹھ دڑ ایَس
گُلہٕ ژھرٹان

سوٗنتہٕ شہلِس کرٛ ہنہٕ مازٕ چ ہاٲژھ ٲلج
کرٛ ہٲنہِ میٚژ وارَے مِزاز س شاپھ لۄگ

وُچھ ژٕ ے کیا سوچُن ہیوٚ تُھ

ہا بیقلا

یَتھ شرابَس تیٚہہ چھَ اَز باسان سَکھ

ویٚہہ چھُ ویٚہہ

اَتھ حاٖل کٔری کٔری

ماٖل رچھنک چھےٚ تماہ نیران

مگر؟

رٔچھی رٔچھی کوٚ تامَتھ ٹلی زُوَ کھ

ہو پا گلا!

یُتھ اَتُر گس ماف گو

آوِلس بَدنَس سنیمۍ چھےٚ یہِ وُٹھ مۍ والہِ رَز

تاٖتی کوٚر چھےٚ بیٚیہ سنٛیومُت لاوِگردنہِ

کیاہ کرَ کھ؟

سونچ ؟

أتھی سونچس اندر گٔلی گٔلی مَر کھ

کرٕ کھ دِنس ماوارتھوٗ نَے حیلہٕ گٔری

اَس مُرٕ رَ کھ

زبوٚ کھبنَے

ژھٔرٹہٕ ژھٔرٹ گرَ کھ

پَتہٕ کتھنی پنہٕ نَس مٔرِس

فاتحہ پرٕ کھ

سونچ !

أتھی سونچس اَندر

گٔلی گٔلی مَر کھ



# سَحرتہٕ ساتھ



دِلبرو ووتھ أچھ مُژَر

وُچھ پھۄل سَحر

روتِلس گوشاہ ژھوکان آہستہٕ پاٚٹھِن جان گو

روتلُیک عالَم چھُ آسان راتہٕ موغلَن ہُنٛد غُلام

راتہٕ موغلَن ماچھُ ژھۄمِن

روتِلس منٛزٕ نوٚی گوناہ زَنمَس پِوٚان

پردٕ پوٚشی ہنٛز مَہ کرَ گتھ راٚ ژٕکھی وۄن پردٕ دار

راتھ سانٛہِن دون أچھَن گیٚیٛث بس وُنٛیۄب

دوکھ پَنہٕ نے نظرِ ہُنٛد اَتھ کیا کرَو

جان گو موکلییِہ کٔہی تامَتھ یِہ راتھ

وونٕ وُچھو کیٛتھ آسہِ دوہ

جان گو ووڈ پھوٚل سحر

ہیرٕ سنگر مالو پنٕز تن ہش رنگنٕز

مہرِ نوٕ زن ہیوٚت کرُن سِنگار کیا ہتام ئرٕ کران

زن تہٕ وو شلُن ہیوٕ کھوٚتکھ تس یارٕ ہنز ژھایاوٕ چھِتھ

بےحیاٗلی منز ہیوٚتکھ زن بُتھ وُچھُن وولرس اندر

بابہٕ شُکرٕ ثھنگی کوٚرکھ چھایکھ اَسان

وولرٕ وآنس منز ہیرٕ کھ ژھیپہٕ، ژھیپہٕ کرٕ نی زن شرمہِ ستی

ہرمو کھَس پھوٚل نوٗ رہیوٚ تامتھ ڈٔکس

مُشدِ بامس پیٹھ کھُسِتھ پرٕ بانگی للہٕ وِتھ بانگ تام

گوٗکنن میانٕن تیٖتھے الاہو اکبر لولہٕ سان

برٛہمنن دیُت شنکھہٕ شبُدا مایہٕ ہوٚت مندرس نیٚبری

میٹھی یم رسدار آلو گئے وسان اَسمانہٕ پیٚٹھی

زن تہٕ کوتر جوٗری ہشِ گئے جلوٕ نیرِتھ آسمانٕ

نالہٕ مٲتۍ کرٲی کرٲی حیا تُک سوزوٗ زٕ ناوان دِلَن

سُمبلَن ، لالَن ، گُلابَن ، مَسولَن گرایادِوان

بُلبُلَن ، دِدِرٛبَن ، جَلَن ، کٲتۍ جبنٛ تہٕ قُمرٛبَن رَنگ بَران

دۄ ررٕ چ آواز کرٛشاہ میٹھ باسان دِل نوان

وۄہی مگر نزدیک وٲتِتھ دِل کَران ٲسری سے نَکار

دِل چھُ پارُدز انٛہہ نہٕ أکسے ترٛ ایہِ پیٹھ

گاہ بَنان شیطاں گُٲہے یَزدان ہیٚو

وۄہی مگر اِنسان بنہٕ نَس کیٛتھ چھُ ماسٲ کل کرَان

دِل چھُ بلکُل مأ صماہ شُری لازٕ کرٲی کرٲی وِہی کَران

گاہ چھُ سوٗ رَس پَتھ بُلان

گاہ چھُ تیٚو نگلَن تھٕچھ ژٕ ھنان

یا چھُ وۄلِستھ زوٗ نہِ گُن مُدیا گَنڈان

مٛنٛزِ اَسان مٛنٛزِ ٹھۄر رگران پنٕہ نبن أچھَن نوزُک اَتھَو

مٛنٛزِ گَران زیادَے اَپہر

بَس دَیان دِن زۄن کوچھِ مَنٛز شوقٕہ سان ہو ہو گرَس

دِل تِتھے بلکُل تِتھے ژنژَل شُراہ

تَن اگر دِژأمِ ہٕنٛد بن نازَن تٕہ نٔخرَن لارِکیا؟

جان گو وونٛ پھۆل سحَر

نٔیٛنٛد رِوۄتھ مستانٕہ حُسنکی آفتاب

کاڈ کٔڈی کٔڈی یِتھ گٔنبن لَچھ فِتنٕہ زَن بَر پاسپدی

چشمٕہ مُژ راوِبکھ تٕہ میخانَن سَپدی زَن تأری ؤتھی

نظر گِنٛدٕہ ناوِبکھ تٕہ زَن ہیۆت ؤزملو گیۆنٛد گیۆنٛد کرُن

گوٗ ن نَخ بیدار مَلرَن یارٕبَل ضامِن یمَن

یارٕبَل پژ انبن امارَن فرحَتا

یارٕ بَل حُسنَس اَمانت دَر شفیق

یارٕ بَل کھوتہٕ منٛز حُسن شیٚہلتھ لبان

چھُس حُسن تھاوان پَننٮ۪ تَن آیتَن

تَن ، وُشنۍ تَن ، لآوتَن

تَن ، فقط روپھ ، مایہِ ہُرٕ ، آوِج تہٕ زآوِج ہیٚؤ تھر

تن ، وُشنۍ ، مدٕ مُرٕ ، مُرِٕ ھج

یُس شوقہٕ یِتھ بےٚ شوٗنکی پاٹھی

آبہٕ مَلرَن منٛز چھےٚ وُہہٕ وُن نار شیٚہلا وان ووندُک .

جان گوٗ ووٗنۍ پھوٚل سحَر

وُنۍ کنبَس سائِل چھِ اَستان ڈیڈِ تَل ژھاران مُراد

ماجہِ گُنڈ دٕش پوٚتھر مانگیہِ ژوٗ رِپاٹھی

یوٗرٕ گنہِ اَکھ بیچھٕ وِنۍ بدوَل جمال

آش پھیٚر بوٕستبن بران پانے پَنُن ژھیٚونمُت ہلَم

ہورِ کنہٕ اٰہی کران پنہٕ نٕس حقس

دِل پھٔٹتھ اَکھ سوسنیمٕژ مسولا

نارٕ منزٕ گلزار گٔری زبس چھُم محازس پیٹھ لڈان

توشہِ تھووےَ تورٕ اٰنی زبن وارٕ پاٹھٕ

وہی چھےٚ ہُتہٕ نَس آچھِ گاٹمٕژ کورِ واجینٛز لوٗنٹ ہتھ

وأ ژہمٕژ مٔہرِنی گرس منزٕ چھُم درس زن آرٕ وَل

یؤسفنہٕ اٰنہار کرتَس ستی بوجاوٕلی عطا

چھُم یتےٚ ہاوَس بہٕ ناوَس سرٕ وندَے

آہ وزاٰری ہش کران ہُتہٕ نَس جوانا خوش یوٗن

ریزٕ فکی دَرواز تراوُم وٕتھی مَران چھُس یا اٰمیر

گوڈنِکس طلبس ژےٚ زالےَ ژاٰ نگی اٰندی اٰندی بے شُمار

سٔجدٕ گٔری گٔری وونی تھوٗکُس ظاٰلم بندَن

آستانَو پیٹھٕ ہتھی لچھِ بٔدی دُعا تھنہٕ پیٹھ مَران

آستاں بَس دُعایہِ خاٰرَن ہندی مزار

جان گو ووٕنی پھۄل سحر

وڑایہِ سوٗندرا ژٔندرٕناگس کُن چھِوان

بَرٕلنٛڈ ہیتھ سنگرداٲمنٛز کامہٕ دیوٗس پامہٕ دِتھ

لالہٕ زار وٕمنٛزی گُلالن لولہٕ نارٕچ شیچھہٕ پرٛژھان

أمی ہٕندبن نازن سٕنٛتھ باسان قلوپطرا خیال

زَن تہٕ کھٔرٕ ہٕرژھۄر جنتس دوکھہٕ دِتھ

زَن چھِ روخسارَن أمِس تھٔوی متی جُرِتھ کیپٹتھ گولاب

یاوٕنس منِوتھ گیوان کنوٕلن غزل

أمی ہٕندِس گنگرا ے کرنَس گوٚسِمتھ کٔہی تام ساتھ

بَس یِہاٚے وِزیارٕ ہٕندِ انہارٕنٔی محبوٗبِ رَو

زَن تہٕ یٔندرازَس سپز تَتھ محلہٕ خانَس داٚروٗژھ

یَتھ انٛدرتَس میٖنٛکاٚس خاب وُزٕناوان بۄژھہ



## مَنشوٗر



گَتھ چھےٚ موخصَر
گَٹھ چھُ گَٹھ........یَس
پُژ چھُ لاگان شرٛ اکھ
ترٛ اوان چھُس قو لابَس وانہٕ
سأری تان کپٹاُ وِتھ نفیس

چھُے مُنڈِس أندی أندی سَجاوان
شوٗش ،بوٗ کہٕ وَچہِ ، کرٛ ہنہٕ ماز

پَچھِ تھَوان لأ ٚگتھ چھُ پکہٕ موٚنڈی
ہیر ،ژھاۓ گلو تَے ڈۄٚمنز

چھُے ٚکلِس اکہٕ ووٚند ترٛ اوان
دِل تہٕ ژَ پھ

چھُے تھوان ہاوٕ ن
تہٕ
باوٕ ن چھُس یُتے

او۔ووٕ ل گو!
اَتھ کیا چھُ سنہٕ ٔنے
کَٹھ چھُ ماسِلہٕ لَد بِچوٕر!



## نِلہٕ وَٹھ

وأنسہِ ہنز یَژھ پژھ

تہٕ زَمن ہنز شہج ارزتھ

ریٖگھ تھپھ دِتھ بڑنزن منز ژوے گرِتھ

کیا پتاہ کتھ پتھ ونس ؤ ڈرِکھ سٔنس نارس اندر

گس ونو ووہی گس پڑژھو

پتھ کال دؤہ بہ روؤ کھ گتھن ہنہِ قبرِ منز

ہاے ازکالس شِکم پھٔوہ ژھینژھی وألی

وژی بہ ونہٕ ہاو پگاہ لوتہ واو

ژلہِ پڑتھ زانڈ

ہمہِ گرد و غبار

واے اَتھ نِلہٕ وَٹھ سپُد

یُس تھوٗ وُکھ بیٖہ للہِ ہندِس بانس بڑتھ

☆

# نُندٕ ریٚشِس نذرانہٕ



"یُس کرِ گوٚنگُل سُے کرِ کرٛاو"

نُندٕ ریوٗش

لَٹہِ اَکہِ ییہِ نا چھُم ہاوَس تَے   منہِ مَنٛز یُمیٚ سُنٛد چھُم یژٕ باو
گچھِ کُٹھِ اَچھِ پوٗش وتھراوَس تَے   یُس کرِ گوٚنگُل سُے کرِ کرٛاو

پأری لگہٕ نا بے ناوَس تَے   تٕمیٚ سٕنٛدِ آسنہٕ پرٛووُم ناو
تنہٕ منہٕ لوگنَس ووٗنۍ داوَس تَے   یُس کرِ گوٚنگُل سُے کرِ کرٛاو

سَنہٕ چھُم وَنہٕ کیاہ دیٚہہ کھاوَس تَے    لنٛجہِ لنٛجہِ پھیران بوچھِ ہوٚت کاو
ٲمہِ نیلہٕ ناگَے تَن ناوَس تے    یُس کرِ گوٚنگُل سُے کرِ کرٛاو

شَر چھُم کِتھٕ کٲنٛز روے ہاوَس تَے    پانَس پننہٕ نُے پھوٚر وَرتاو
پادَن تَل ووٚنٛز سَر ترٛاوَس تَے    یُس کرِ گوٚنگُل سُے کرِ کرٛاو

ووٚنٛدٕ مُرٛراۄتھ بِر باوَس تَے    زٕ زٕ چھُم روٗٹُمت تٲمۍ سُنٛد چاو
گیاٛنکی پمپوش ہتہٕ چھاوَس تَے    یُس کرِ گوٚنگُل سُے کرِ کرٛاو

نفسُک مَدٕ ہوٚس لوٚگ تاوَس تَے    کلہِ ہتۍ چھَلہِ چھَلہِ ٲری مَس داو
چوٚن دِمہٕ امرٛ ہتھ نوَ زاوَس تَے    یُس کرِ گوٚنگُل سُے کرِ کرٛاو



ژھٹہٕ مارٕ ناوُن پرٛیمُک ڈَل تے    تَتھ پٹھ بھَیہِ روٗس ناوا ترٛاو
ہَم واے کرٛیہِ ہُنٛد روز اَٹل تَے    یُس کرِ گوٚنگُل سُے کرِ کرٛاو

کرمَن کُن تھَو وِزِ وِزِ گَل تَے      در مَن ہر ہاوَس مُشراو
پانَے پرٚاوَکھ آنندٕ پھَل تَے      یُس کرِ گوٚنگُل سُے کرِ کرٛاو

گیاںکہِ زَلہٕ ستۍ منہِ مَل چھَل تَے      کُنۍ رٕکہِ وَردنہٕ گَر پآراو
دھیاںکہِ بَلہٕ ستۍ ذاتَس رَل تَے      یُس کرِ گوٚنگُل سُے کرِ کرٛاو

دِہہٕ کِس زالَس لوٚگمُت جَل تَے      وِہہِ گَر ناوان مُہہٕ ڈٕری یاو
سوٚہمہٕ پرٛزنان پان کنوٓل تَے      یُس کرِ گوٚنگُل سُے کرِ کرٛاو



# زال



راتھ وُچھ مَسوٚلی ! مےٚ خاباحبس ڈوٗلُم
چھُم دِٕژ لیچھ دُبراے وُنہٕ کوٗراں وَچھ
ناگہاں سَپدُم مےٚ یَتھ فولادی بدنس پاٹھٕ کیٛوم
سوٗنچُنگ میزان رووُم ژھوٚٹ تہٕ گوٚٹ سَپدُم ووٗجوٗد
وُنی وُنی اوسُم اَچھن تل ساس عالَم باسہٕ وُن
وُنی وُنی سَپدُم یہِ دِہہٕ پیٛنٛتس اَندَر رپیوٗ ژتابنیوٗس

گوم تُلہٕ ؤتھرَن انٛد ربأ جالہٕ نفسُک غاأب زَن

پڑ ون موٚ ٹھ سوٗرُے تہٕ نوٗرَس تَن دِژِم

گَچھ کوٚرُم شوقَن تہٕ ابسأوِم خیال

ہاوَسن ہنٛدی پَن سجأوِم پانہٕ أنٛدی أنٛدی بے شُمار

گوس أتھی مَنٛزمَس تہٕ زالَن نال وۄلنم پۆرِ پأٹھی

ووہی سِیاہ چاہ گوبٕنتھ پنہٕ نُے کمال

کرٛ کھڑٛ جِم نیرِتھ

''ہَیو۔ کٔری تَوٚمے کانٛہہ آزادووٗنی

قأدکِرکوٚرنَس یہٕ یتھ مَنٛز

تاوَنَس لوٗگُس یہِ کمٔی''

تام پھوٚظون، پَن روٗژُم، تڑ ووٗم ژٔ ٹِتھ

بَس یِتھے شولیو اۆنٛد پوٚک میوٗن

چشمَن گاش آم

ہیٚرِ بوٗنہٕ لۆت، بےٚ وَزٕ ن سوٗنٛزَل
بہٕ واوَس پٮ۪ٹھ سَوار
اَکھ نظر ترٛ اَوٕم وۄجوٗدَس
ہیٚرِ بوٗنہٕ گُمہٕ شرٛان گوم
میٚوٗن کرٛ ہٕزٕ وَچھٕ وۄتھ بےٚ حِس
گوٗژِ مَنٛز پیٚوٕ مُت اوس دَنٛد پھُٹِتھ
میأنٛ زبوٗ ژھرٹہٕ ژھرٹھ کران آس
رَتہٕ گلٮ۪ن منٛز رَتھ ژَھٹان

چھَم دِہٕچ دُبراے وُنہِ کوٗران وَچھ
ہَے تلَے مُرٕژ پوٗشہِ گُلٕ تھَوتَم دِلَس پٮ۪ٹھ لولہٕ سان
گاشُ صُبحک تھَنہٕ پہٕوان چانٮ۪ن ٹیٚنڈٮ۪ن تَل وَتھ لَبان
راتھ وُچھ مَسوٗلی مےٚ خاباہوش آم!



# سون آنٛگُن



ژٕ آسکھ راتھ ژامٕرٕ سون آنٛگُن
ژٕے ڈیشِتھ گوٚمے دِل پھلوٲے رٕوٗس
تہٕ راوِتھ ؤنی دِتَم أتھ راوَنَس مَنٛز
ژٕتَس پیٚیے یاوٕنکی دوہ ضایہٕ سَپدِتھ
چُھ گَس زانٛہہ پھیٚو رمُت پوٚت موٚت سہٕ یاوُن

ژٕ آسکھ راتھ ژامٕرٕ سون آنٛگُن
ژٕتَس پیوٚ زِنٛدگی ہُنٛد پرٛون دودا
بخشُمت یُس فقَط أکی چانٛی لولَن
ییٚمیُک زَر تا ابد روزُن ضروری
ؤں گوٚیی چھُس بہٕ رٕژھرِتھ یِلی مےٚ حاصِل

ژٕ آسکھ راتھ ژامژ سون آنگُن
یِہاَے زَن نیٚنٛدرِ ہُژ مُژ مَسوَلا ہِش
گولابک لوو دِل مستانٕہ رنگ ہیتھ
شبابکی جامہٕ پرِتھ بالہٕ پانَس
کران یُس تارِ دِل ووہی خامُشی مَنٛز

ژٕ آسکھ راتھ ژامژ سون آنگُن
یَہاَے زَن روٚدٕ راٹھا شرٛاوَنس مَنٛز
چھٕلِتھ یوسہٕ روے گولاَبن پوٚت ہوان جَل
وٕل گو کیٚنٛہہ قطرٕ یوٚ دوَے ژھایہِ روزَن
گرٛژھان وٕلی گوڑٕنچے پرٛوِ ستی واپَس

ژٕ آسکھ راتھ ژامژ سون آنگُن
یِہاَے زَن وُزملا ہِش یِونہِ سوٚنٛچٕ

نِوان یوسہٕ ژھالہٕ اَسمانَن بژٕ ژٕہن مَنٛز
گِنٛدان یوسہٕ دوٚن أچھَن گُن جلوٕ ہأوِتھ
کھَسان یوسہٕ کہکَشانَن ساَدِگی مَنٛز

ژٕ أسِکھ راتھ ژاٲمژٕ سون آنگُن
یِہأے زَن مہرِنٛیا ہِش ساز گٲری گٲری
پُنِم ہٕنٛز زوٗن زَن آکاشہِ وٗژھٕمژٕ
بژٕ ژٕرِس شیٚہجار ہیتھ لوٚتی پوٗری ژٕراوان
تہٕ باسیٚوو روٹہٕ گو گَردِش جہانٕک

ژٕ أسِکھ راتھ ژاٲمژٕ سون آنگُن
یِہأے زَن گتہٕ ریٚنیا ہِنٛجٲری پأٹھِن

نتٲے اَکھ واۄ گرٛایا بوے گُل ہیتھ
یِہٲے زَن پوشہِ لنٛجہِ ہۄنز ژھاے تاپَس
گرٛشَھان یوسہٕ ہِری یہ لوٗ ستھ غاٮ۪ب جَل جَل

ژٕ اٰسکھ راتھ ژاۄرٕ سون آنگُن
یِہٲے زَن سَر ٮ۪ری کاںٛہہ ہٲر باۄچ
نتٲے اَکھ روٗسی کٕٹ ہِش پۆت وَۄنچ گِل
دِوان یوسہٕ ڈالہٕ پَنہٕ نٮ۪ن مُٕسی تَیِن مَنٛز
یہِ مُٕشرِتھ کاںٛسہ ما چھُم دِل مےٚ نیٛوُمُت

ژٕ اٰسکھ راتھ ژاۄرٕ سون آنگُن
ژٕےٚ ما گۆوے برٛ ونت اَتھ کیاہِ یتہٕ چھُ مُمکِن

مےٚ تامَتھ کیاچھُ میٲنِس یتھ دِلس کیٛاہ
یہِ چھُم اکھ داغدار لالہِ پَرِ ژھیٚون
یوٚہے زَن ترٛیشہِ ہوٚت ہیٚو پوشہِ نوٗلا

ژٕ أسکھ راتھ ژامرٕ سون آنگُن
مےٚ باسیٚو پژانہِ مُحبتہِ خبرِ آیکھ
تہِ کنو لسٕ رِکٕ بنکھ وقتٕچ مسیچا
اماہ پوٚز اوس اَپزُے، ٲلی خیالا
کتھا ٲلی، ہاے وہما، اَکھ گُمانا

ژٕ أسکھ نخقہِ ژامرٕ سون آنگُن
ژٕ وَتم کیازِ ژایکھ سون آنگُن
ژٕ أسکھ نخقہِ ژامرٕ سون آنگُن
ژٕ أسکھ راتھ ژامرٕ سون آنگُن



## وَنیوٗمَے نا



زُوے ہارکھ مہ گِنڈ زارس وَنیوٗمَے نا
دزی ہَن ہَن مہ وَس نارس، ونیوٗ مے نا

چھُ وقتک ژٕکرِ وُیُو یتھ بُتلہِ ییرِتھ ووٗنۍ
تہٕ ابھِ منیو پھٔسن مارس، وَنیو مَے نا

ڈٕہھِ نی کم ارسطوٗ سمیہِ شٔہلابَن
لُبجھ ما اتھِ وتھٕے تارس ،وَنیو مَے نا

ژوٗنبن دِل ٹیکہِ بٹہٕ ننن وَچھ زٕلن لالن
لِتر لاگن گُلس خارَس ،وَنیو مےَ نا

نہٕ تھاوَن یارٕبل نے پھٕہر نہٕ ناوٕ ے کانٛہہ
تھَون نا اَکھ تہِ سُم تارَس، وَنیو مےَ نا

نہٕ زٕروَن کوترَن نےَ بُلبُلَن تژاوَن
ژٕلن لارٕ کی لگن دارَس ،وَنیو مےَ نا

تہٕ تھاوَن پوشہِ برنگ حائظِر گونٛہہ گارَن
بےٚ گونہٕ ہَن چھےٚ کھٕسُن دارَس، وَنیو مےَ نا

برَس تل نفرتُک أشداہ چھُ پوٗھشیومُت
یوہےَ ہانٛنگلہِ سمہٕ ژارَس ،وَنیو مےَ نا

چھُ قافُک دیوٚ نٔژان رأژَن نِقابَس مَنٛز
پٔرِی زایَن بَرَن جارَس ، وَنیوٚ مے نا

پدٕن تَل ووت صٔحرأوُک پرٛتھیوٚ مُت ڈِن
ژَھٹُن رَتھ آسہِ کونٔگہٕ ڈارَس، ونیوٚ مے نا

یَمن پھوٚر موتہٕ موگَل شورٕ چھٕنٛد بٔری نگھ
لگَن یِم لاشہِ باپارَس ، ونیوٚ مے نا

اَسی ہا آسہِ اَتھ راوَن تیٚلِس نگھ دِیُن
نٔنِس تاپَس گوٚبِس بارَس ، ونیوٚ مے نا



# کۆت گژھُن چھے



گژھتھ بے خانہٕ وَن با کۆت گژھُن چھے
مُسافِر پانہٕ وَن با کۆت گژھُن چھے

ژٕ پرٛزنتھ یارٕ رٲوے مارٕ سپدُکھ
ننگے مَستانہٕ وَن با کۆت گژھُن چھے

خبر کُمی سنٛز نظر لٔج پوشہِ ٹۄربن
ہرِتھ پیٚیے پانہٕ وَن با کۆت گژھُن چھے

زمانَس نارٕ ببب آوارٕ ریٚہہ گے
دَزان پروانہٕ وَن با کۆت گژھُن چھے

سمن بَل شورِ بُزی کوٗر ووہی اَتُر گو
بنوٚ شُمشانہٕ وَن با کوٚت گرشُن چھے

رَبابَس تارٕ ژَچہِ مِظرابہٕ گولنوٚ
نٹوٚ ہیٚوٚت تانہٕ وَن با کوٚت گرشُن چھے

زَہر جامَن بٲرتھ تھوٚو زوہدٕ وا لبوٚ
پٹھِ میخانہٕ وَن با کوٚت گرشُن چھے

مُشِتھ ما مہرِ نبن گو عٔشقہٕ آنگُن
ودان ہرآنہٕ وَن با کوٚت گرشُن چھے

ژھیٚنان کنولس چھے وأنج چارٕ کیا چھُس
پیٚوُمت اَسمانہٕ وَن با کوٚت گرشُن چھے



## ہمسوس



أچھَن ہُنٛد گاش بخشَن والہِ کتہِ چھُکھ
دزَان شہرُک شہرٕ دِیہِ نارٕ ہے ہے
یہِ ژھَٹھ ووٚنی وأ ژطر فاتَن برٕ ژرٕ بن منٛز
رٕ ژھرمُت نارٕ برٕزی گو چارٕ کیا چھُس
وُ ڈان وُہہٕ وُنی تیٚونگل کتہِ کور واتان
پىوان یٔتھی جایہِ تٔتھی زالان چھِ اَنٛد ہىتھ

چھِ للہِ ہٕنٛدی واکھ گأمتی روٹہٕ منہِ منٛز
نُنٛدٕ نٔی شُرکی وَچھ بلَس منٛز آچھِ سپدِم
کلش منٛدرٕکیٕ وُ چھان پھِری پھِری نبَس کُن
گٔمتی کوٚت شنکھ وایَن وألی ہے ہے

کمن غارن گو پھن شر وڑ میانۍ اَرتی
رٔہتھ گاۓمتۍ چھِ سأری بام مُشدن
کتھن چھِم اَسہِ تھوڑ دِتھ بانگہ وُنی کنہ
نمازبن ترٛ اوِکہ زنجہٕ رِقدمن

اَچھن ہُند گاش بخشن والہِ گتہِ چھکھ
مہ ہاوُم ییم وہُل وِہُ ژالہ کوتاہ
چھےٚ پیمر شور دَگ اَز زر زراتس
دِنن لُجمر نِشاطس، شالہِ مارس
چھُ چھوکہِ لد پھوٚر گلالن خوٚنہ سُری گۓ
گُلابن کنڈۍ ترسوٚ کوٚر مُت پرٛیُن از
گمتی دَم پھُٹےٚ قُمری، کوٚ ستوٗر، کوتر
نہ کُنہ ٹِٹ ٹِٹ ژٕربن ہُند شامہٕ ژھایَن
نہ گوٚ گوٚ کُکہ لہِ بوُلن ہےَ پز باتن

فقط نَبہٕ گرٛزٕنۍ بَمن ہٕنٛدۍ بۆ ندقہٕ ترٛٹرٛٹ

تہٕ لاشَے لاشہِ سَرٛگن پیٹھ پرٕٛزٕ ژھان بَس

خطاۂ زٕ تَو! گوناہۂ زٕ تَو زِ کیاہ کۆر

ٲچھن ہُنٛد گاش بَخشَن والہِ گَتہِ چھُکھ؟

ودَن کرٛکہٕ چھَم گرٛژھان کرٕ کیابہٕ گرٕٛ ھ کۆت؟

دِوان چھُس تھۆپ کَنَن تیزان چھِ وَدٕ وَد

ژلان یوٗ تاہ تہٕ تیوٗ تاہ پَتہٕ مےٚ لاران

چھَپن جاییہ نہٕ کانٛہہ گَتہِ پان کھٹہٕ ووٕنۍ

ژٕ کاسُم ہَر دٕ زَردی دَردٕ گامَس

مےٚ سگہٕ وٕہم خۄنہٕ پنہٕ نَے بۄنہِ راتَس



۱۹۹۲ء

## موچھِ پھوٚل



مےٚ چانہِ برتل
پھرٕ ألی سپدِ تھ
دِتم یہِ آلو
''الکھ زرنجَن''

یہِ کینٛہہ ژٕ ےٚ ترٛ وٕوُتھ مےٚ جولہِ انٛدٕ ر
پھِرُ م تہِ سورٕ نے مےٚ پأڈٕ ہلمَس
وُ چھان یہِ ارزَ تھ یہٕ زٕ ألی دی دی
یہِ دان دٕ رمَس دِتُھ مےٚ گرٕ من قبالہِ گرٕ ی گرٕ

مےٚ پھُیر یہِ پۄتھرِس
پچھِ نفرٕتکی پھٔلی ووٹان
تہٕ پھِری پھِری أچھَن مےٚ کوٚران

ژےٚ وُحشتکی یم تہِ کٔنڈی مےٚ بخشتھ
مےٚ أچھ وٕٹتھ رٔٹی
وُں حال وُچھتَم
وچھَس مےٚ کِتیاہ چھِ گٔدی سَپدی متو

ژےٚ دیشہِ تیا گٔک دِتُتھ مےٚ موچھِ پھوٚل
تہٕ لونچہِ چھُم گنڈ کٔرتھ یہِ ستی
منٛد ورِ کوٚ ڈھَس
تنٛدٕ ریوٚر تھَس نٔنس نبَس تَل
گوسونٛی دوٕنٛی چھُس بھٕسم مٔلتھ دونہِ ہُنٛد ووٗ جوٗ دس

مےٚ یَتھ اندرآسنگ نہٕ آسُن

تہٕ کایہِ ہِنٛدِ باسنگ نہٕ باسُن

بڑ ہمانڈٕ بزم ہیٚتھ یہِ سونٛچ سوٗرے

دٕ زِتھ چھُ وونی سوٗر موٗٹھ سَپد مُت

ژٕ وُ چھ دِتُھ کیاہ!

ژٕ وُ چھ!

ژٕ ےٚ نیٚوتھَم مےٚ موٗ چھِ زموٗ رِتھ

شہُل تہٕ سَبزار پوشہِ پھُلیاہ

نہٕ سونتھ تھوٚ وتھَم نہٕ ہردِ ارزَ تھ

نہٕ واوِ رِنگ مُشکہٕ ہُش بہارِچ

نہٕ شرٛ اوٕنی ہی تھوٚتھ مےٚ چھاوٕنی

نہٕ شینہٕ گاہ تھووتھَم ژٕ ےٚ ماگٕک

فقط مےٚ پُشرووتھَم یہِ سرٕ یٚک ژٕ ےٚ ناروٗ ہہٕ وٗ ن

ژوپاری پانَس وُتارِ کوٚرنَم

دۆ دُس، دۆ دُس

دُچھ جَلاوگوٚنڈنَم

ونہٕ اَسے تہٕ ونہٕ کیٛاہ

منگہٕ اَسے تہٕ منگہٕ کیٛاہ

مےٚ گٔے ہِرِس پیٹھ ؤل روٹہٕ سأری شَبدتہٕ آلو

ؤل زیٛوِ پیٛتِس پیٹھ کران مےٚ تانڈَو

اَلکھ نِرنجَن! اَلکھ نِرنجَن! اَلکھ نِرنجَن!



۱۹۹۲ء

# کھمباپوش



أ گنہٕ کونڈ

سوفچک وُہان

جَم جَم اَلاو

اَتھ وُنبس تامَتھ ہُماں گۓ

اپہِ شَبد ، بے عِزتی ، زۄلرٕ

ہاوَس تَے اَمار

ووٚنی مگر چھم پرٕ ژھینٛس

دِپشِچ یَژ ھاجوالا مُکھی پھَٹہٕ نَس تیار
اَچھرٕ اھریزَ وِکُلس أنی ہم زَبان
چھُس ونان پھِری پھِری بہٕ پانَس پانہٕ ووٚنی
''وَل ہُنہٕ ہیہہ ژَم
نیر تِشِیٕو
واسُکھ ہُٹس تژ اوٗن
اَتھس کیتھ تُل ترٛشوٗل
کھَس ہِمالَس
وا ے شَنکھ
ترٛ اوِیلہٕ یأ غی جٹا
وَس تہٕ کَرتانڈَ ونژٕن

زَہرٕ گرو کھروٗٹ تھَن ہرِس پیٹھ
توتہٕ راکھبس بُزی سَپُد امرٛ بتھ

مگر دِوتا بچاری

حالہِ حارا ن سو رگہِ نیرِ تھ

ونتہٕ کتہِ نَس تھکھ وٲل دِن

واے شنکھ

ژٕ اویلہٕ یاغی جٔا

وَس تہٕ کرتانڈٕ ونژُن

یادِ پۄ دگھنڈ تھٕکھ دِنَس

نتہٕ مُشرڈ ہیٚکہ أچھ ژٕ تیم"



۱۹۹۳ء

# گٹہٕ تہٕ گاش

شہر سوُرے سِیاہی ہُند وُرُن ہبتھ
گوٚمُت دَم پھُٹےٚ نبض واوس تہٕ کاوَس
گٹو نبنگلو وُمت شاہ شاہ چھُ گاشک
ووٚلُر تامَتھ چھُ دأرِتھ مون وُنی کبن
یِوان ما دڑٕپِٹھ ہرموکھ گاشہِ روٗستے
وَٕٹسی گأمتی چِہ مونہِ پھٕلی انہِ گٹس منٛز
مگر سَرٕکَن، وَتَن تےٚ آنگنن ووٚہی
چھُ ژیٹان بے بُسی ہُند شورِ شَر وَچھ

برٕ ژرٕبن ہٕندی نم چھِ ٹھاسان پٔنی زمانس
ترٕہَن تےٚ اکہٕ ترٕہَن بُتھی وأری زٕلی زٕلی
چھُ لبہِ پٹھ تھَر پھِرِتھ ماتَم کران از
کللبنڈر یُس یٔتیمَن دِل چھُ کوٚران

مےٚ کَر ٹھُک ٹھُک دِلُک دُب دُب پھِر کان چھُم

چھُ سوٗرے یاے گرا اَنہٕ گوٚٹ دارِ بَر دِتھ

کھَمان زَن سہہ یہِ بوٗچھِ ہوٚت پَتھ وَنٛس منٛز

یہِ اَنہِ گوٚٹ سانہِ ؤنی تَو نیرِ نا زانٛہہ

اَتھن موٚت سِریہِ پیٚیہِ نا تھَنہٕ ژِہَن منٛز

مُٲتِس شہَرس تہِ گٲژھِ ہے گاشہِ وَرشُن

گُٹھن منٛز روٹہٕ گاٮ۪متی دارِ مُژرِتھ

ژِہَن منٛز کھاہ تہٕ کھَل منڈٕہَن ؤجۆدٕکی

یِمَن سرٛگَن ، وَتَن تَے آنگَنَن منٛز

پیٚیے ہَن کم پوٗشہِ پٲدی شروٗنی کران جَل

تہٕ کرٕ ہَن ستی بٲجَن لولہٕ آلَو

"پوٗشَن بہار آو یوٗری وولو"



۱۹۹۵ء

## بہٕ دِمہٕ ہا کرٕ کھ........



بہٕ دِمہٕ ہا کرٕ کھ وَچھس دبٕو بار لوتہٕ ہے

چھُ ژھوپہٕ ہُنٛد ہارِ پَربت بارِ کھوتمُت

شُنبس مَنٛز تھامہِ باشَل گُن تہٕ کیوٚل

أنٛدٕ ری ژوٗرَس گُنٛسو کوٚژھ دِکھ تہٕ موکلگَھ

بڑشان ہَن ہَن چھُ آکٹوپس پنٛجو ستی

مگر چھُنہٕ ژھوپہٕ ہنٛدِس وٲناکھ جتگلس

پبوان کانٛہہ چھانگ دبٕو ژھوپہٕ شاپھ ژَلہِ ہے

بُنُن ، گُدرُن ، موژُن ، راوُن تہٕ تنٛبلُن
وِسُن ، وولُسن ، حُسن تَے عِشق پرٛاوُن
چھُ سورُے ژھوپہِ ہٕنٛدِس وُرنِس پُشرمُت
سۄمبرمُت نارٕ بُزی سُورٕ موٗٹھ نہٕ حاصِل
کٔتِھ سَپدُن اَکۄت ، اَستھ نہٕ آسُن
پوان چھُنہٕ ؤسی اَکھرِ وَٹھ توتہِ ژھوپہِ ہُنٛد

بہٕ دِمہٕ ہا کرٛکھ وَچھَس دِیٕو بار لوتہِ ہے
وَدَن گروکھ روٹہٕ ہَری گوگلَس چھُ کۄران
أچھَن أشیٚ بُکہٕ أچھَر والَن اَویزان

گَتھن پھٕٹی گٔنڈی مِرٕژی شاہ شاہ ژۆمبان چھمِ
چھےٚ آمٕژ وُٹھنہٕ زیۆسوچھَن چھَس منٛز

گَلِہن مَنٛز بڑٕکنہٕ أری تَے ژٕری اَچھر آے
وُٹھَن وَٹھ گو خیالَن دنٛدٕ ٹَکَے لٔج

بہٕ دِمہٕ ہا کرٕکھ شبدٕ ژھوپہِ مَنٛز بہٕ کڈٕہَن
ارٕوٗپَس رٕوپ دِتھ ساکار بَنہٕ ہا

وُچھوٕ ژھوپہِ ہُنٛد یہِ موکل فِطرتَن ژھوٚپ
چھُ پارُد ہیٚوٕ وسَان ڈُلہٕ ہر موکھَس ووٚنۍ

بہٕ دِمہٕ ہا کرٕکھ مگر ژھوپہِ ہوٚٹ مےٚ روٗٹمُت
بہٕ دِمہٕ ہا کرٕکھ کِتھن دِمہٕ کرٕکھ بہٕ پانو



۱۹۹۵ء

## پَنُن وطن



پَنُن وَطن پَنُن جَہاں
دوہَے حُسیٖن دوہَے جَواں

پَنُن وطن پَنُن نظَر یہِ لالہٕ ہیٚوٗ گُلا زَبَر
دِوال چھُ بوسہٕ اَتھ سحَر یہ لولہٕ ہوٚت پَنُن جِگَر

یوٚہَے جِگَر پَنُن جَہاں
دوہَے حُسیٖن دوہَے جَواں

پَنُن وَطَن شِہلِ گُلا   نَرم گولابٕہ کُے دِلا
اَمارٕ ہوٚت یہِ سُمبلا   پَنُن یرٛشُن تہٕ حاصِلا

یوٚہے یَرٛشُن پَنُن جہان
دوہے حٔسین دوہے جَوان

پَنُن وَطَن چھُ مُحبتا   یہٕ یارٕ ہٕنز شَہج گَتھا
یہِ دِلبرا دِلٕچ سَتھا   تہٕ وُٲنسہِ ہٕنز عبادَتا

یوٚہے چھُ بَس پَنُن جہان
دوہے حسین دوہے جَوان

پَنُن وطن دِلُک دُعا   رٕچھِتھ گُنہٕ کُنُے صَدا
کُنی اَلَم ہِشی اَدا   کُنُے مٔزِل کُنُے مُدعا

یوٚ ہے منزِل پنُن جہاں
دوہَے حسین دوہے جوَاں

پنُن وَطن چھُ پوشہِ ڈَل
یہِ زُو پنُن یوٚ ہے اَزل
یہِ لوٗبہٕ وُن حُسین غزَل
یہِ عالمس اندر نہرَل

یوٚ ہے اَزل پنُن جہاں
دوہَے حسین دوہے جوَاں

پنُن وَطن جنَت نِشاں
چھُ مارنگن زاۓ ژَن سَناں
یہِ وٗحدتُک چھُ پاسباں
ییٚتی چھےٚ لولہٕ جوے رواں

یوٚ ہے جنت پنُن جہاں
دوہے حسین دوہے جوَاں

پئن وَطن سُمَن پھولاں
تہٕ ماے ہتھ لساں بساں

چھُ لول بَس پیٚتی عیاں
توَے کنوَل چھُ نغمہٕ خواں

یوٚ ہے وَطن پئن جہاں
دوہے حسین دوہے جواں

پئن وطن پئن جہاں
دوہے حسین دوہے جواں

یوٚ ہے جنت پئن جہاں
دوہے حسین دوہے جواں

یوٚ ہے چھُ بَس پئن جہاں
دوہے حسین دوہے جواں



# رُبایہِ



متیولو کچار گِندُ نا منزٕ اَتھس شین
جوانی دون گرہن بے حد چھےٚ رنگین
چھےٚ ژلہٕ وُنی وانس پرِنس پوٗنی راوان
بجُر گو اَخرس پیٹھ قادِ سنگین



اُگن تے واو موت ذٕری یاو کتہِ آو
ہُہ بیٛاَلس کُل میٛژ ے گُل زاو، کتہِ آو
اَرو پَس پھوٗل سرو پک ہرِ یہِ ژندرم
یہِ کمہِ منزٕ دژاو، کتھ منزٕ ژاو، کتہِ آو

کنُک سون گو مَنک سنتوش پژاوُن
سونُک گون گو ہیُوٗ ہے رَنگ پانہٕ ناوُن
یہٕ سوکھ دوکھ توٗت ترُن تےٗ ہوٚ کھ اُوٚ دُرکیاہ
کُنےٚ وہند پَر تہٕ پانَس ہیوہ بناوُن



دِوان اَشَس تہٕ آرامَس چھُ یُس لتھ
اَپُز ترأوِتھ لَبان پَزرٕچ چھُ جَل وَتھ
چھُ راتَس دوہ،دوہَس سُے راتھ زأنتھ
بنان یوٚگی تہٕ زالان تیلہٕ کنہِ رَتھ



بہ چھُس انزأنی کرٕ کیاہ زَن تہٕ زاشُر
گٹَن ژٕ کھ دِتھ میٚےٚ کُیت بَن پانہٕ گاشُر
ووٚنڈَس وُزٕ ناو تَم گنگ آ گہی ہٕنز
گژھی کیا کَم چھُھَم ژٕ ے گیانہٕ آگُر

دوارکا مَن بساو لُہرآوِتھ

تھاو ہَن ہَن پَنٕنۍ ژٕ مَس چآوِتھ

کورو کھیتر مہ بَن چھُ جنگ لاُزِم

بَن ژٕ رتھ بان گیانہ وگ پرٛآوِتھ



شامہٕ ژھایَن ِگندان چھُ زُلفَن واو

پوشہِ پٔترَن ووشُل رُمو ِکنٕز وژٕاو

وِز چھےٚ پارٕدٕی اندامہ کل کٔڈنَم

ووندٕ پرآٹھ سُہ موّت أچھَن تل آو



صُبحہ پھولہٕ وُن تہٕ رمبہٕ وُن شام ژٕ ے چھکھ

ژٕ چھُکھ ساقے تہٕ گرکہٕ وُن جام ژٕ ے چھکھ

ژٕ چھُکھ یژھ پَژھ تہٕ شاہ کھسہٕ وَس بندَن ہنٛز

عبادت ژٕ ے تَمٕیک أنعام ژٕ ے چھُکھ

یوگن ہُنڈ تریشہ ہوٚت چھُس جام دِکھنا
ژیے چھے ملر بن مےٚ بَس اَکھ دام دِکھنا
دزان ہَن ہَن مےٚ چھِم وُچھ وُٹھ پھیٚشان چھُس
گُتُل نَے دِکھ دِ رژھ کھنڈ تام دِکھنا



رِندَن ہنٛدی دِل چھِ گاٶمتۍ تارِ ساقۍ
ژٕ پھِر مس پرتھ اکھاہ سندارِ ساقۍ
میٚے گٔیت یوٚد موکلہِ موکلِن توتہِ کیاہ غَم
میٚے کٔری زِہم اَکھ نظر تٕلی ٹارِ ساقۍ



چھےٚ پھولہٕ وٕنی وٕز ژٕ وونی برہام یِکھنا
وٗں وۄتُم زندگی ہُند شام یِکھنا
میٚے زخمَن نونہٕ پھکھ تژٲوم زمانَن
رِچھکھنا وونی مرشُل ہبتھ جام یِکھنا

یوان پۆژھ لازِ کھبتھ نیران چھُ سالُر

ا لأندِس پان للہٕ ناوان چھُ وانُر

مگر من سر مُندِتھ کھالان چھُ تھپھ دِتھ

وِگیانُک لال گاشُر پانہٕ لالُر



چھُ ہُسیِ تِس مَد دِپان والَن پتھر کوہ

چھُ وُکران کُلی پلَن تامَتھ کران توہ

چھُ کرۄ دَس دَب دِوان وُچھ دَے وِلیلا

کنَس منز چھُس أزِتھ پاوان پتھر موہ



پہٕ أندری چھُس ژُوان دوہ راتھ کرٕ کیٚاہ

گرٛھان ماخأٔلی چھُم کاثہہ ساتھ کرٕ کیٚاہ

سرنڈَن ہنٛز ہَر پۆزِس اپزِس وچھَس مَنٛز

گۄیم زخمی میےٚ پنہٕ نی ذاتھ کرٕ کیٚاہ

نیا خوشبوے وَن تَم کانہہ گُلابَس
مُہتھ کانہہ رنگ ہیکیاہ وَن تَم گلاَس
یِمس تُمی یِی لیۆ کھُے تَس تی چھُ ہورُن
ہُہ شرز کھولِن نبس کھٗ وُچھ قولابَس



کمِس توٗگ سون میٔ وَنتم مُشکہٕ ناوُن
یہِ دِہہ گس أگنہٕ نِش توٗگ دوٗرتھاوُن
چھُ یُس پھَل پھۆل مُنش ہبتھ یورآمُت
چھُ تَس تی پانہٕ بَس ہاوُن تہٕ باوُن



صُبح پھۆل نیندرِ وۄتھی گُل شالہٕ مارس
کران ءکتہٕ ءکتہٕ چھِ پاں پھٔلی آبشارس
چھِے رٔٹھ پوشہِ نۄلن لۓں دیہٕ ءسنٛز
چھُ گومُت مۆیل وُچھوٗ نوٗرس تہٕ نارس



# Yath Aangnas Manz

## A Collection of Poems



Makhan Lal Kanwal

PAMPOSH PUBLICATION
Mig. Comp Purkhoo, Jammu-181206

JK Offset Printers, Jama Masjid, Delhi-6 Ph: 23279852